# وچھس تل مزار

(افسانہٕ سۆمبرن)

مُصنِّف

شمس الدّین شمیم

ناشر

روزنامہ گھڑیال، ڈلگیٹ سرینگر

## جملہٕ حقوق چھِ محفوٗظ

| | | |
|---|---|---|
| کتابہِ ہُنٛد ناو | : | وچھس تل مزار |
| مُصنِّف | : | شمس الدّین شمیمؔ |
| ناشر | : | روزنامہ گھڑیال، ڈلگیٹ سرینگر |
| کمپیوٹر کتابت | : | جمیل انصاری (7298903208) |
| سرورق | : | جمیل انصاری تہٕ ارشد رسول |
| ضخامت | : | 141 |
| مول | : | ترٛےٚ ہَتھ روپیہ (Rs:300/=) |
| تعداد | : | ۵۰۰ |
| چھپن وٕری | : | ۲۰۱۴ء |
| چھاپ خانہٕ | : | ایچ، ایس آفسیٹ پرنٹرس، دہلی ۲ |


## کتاب میلنٕک نیب

☆: روزنامہ گھڑیال، ڈلگیٹ سرینگر

☆: شعیب شمیم، 9، روز اینکلیو، شِو پورہ سرینگر

☆: کتاب گھر، مولانا آزاد روڈ، سرینگر


بہٕ چھس ریاستی کلچرل اکیڈیمی ہُنٛد تَمہِ کم کاسہٕ مأ‌لی امداد خاطرٕ شُکر گذار یُس بہٕ کتاب چھاپنہٕ خاطرٕ مےٚ امہِ اِدارکہِ طرفہٕ حأصل سپُد۔ کتابہِ ہُنٛدِس موادس متعلق چھُس بہٕ پانہٕ ذِمہ دار۔ (مُصنِّف)

# فہرست



## افسانہٕ

☆☆

# گوڈٕ کتھ

مرحوم شمس الدین شمیمؔ صأبس ستی سپز مےٚ تمہِ وِزِ زان، ییلہِ تموٚ بہٕ دوٗردرشن کیندرس سرینگرِ کس خبرن ہنٛدِس شعبس منٛز اَتھس تھپھ کٔرِتھ مِیوٗس۔ گوڈٕ گوڈٕ اوس نہٕ مےٚ اَتھ اِدارس منٛز کأم کرنس دوران کانٛہہ رفیق تہٕ شفیق، پوٚز شمیم صأبن ییمہِ اندازٕ مےٚ ستی شفقت ورتأوِتھ تم واریاہ چیز ہیچھنأوی، یمن ہنٛز نہٕ مےٚ زان أس، تتھ کُن وُچھِتھ وَنہٕ بہٕ ایمان دأری سان زِ مےٚ چُھنہٕ تیُٗتھ پزٕ زیُٗورتہٕ ہمدرد انسان پننہِ زِندگی منٛز کانٛہہ تہِ وُچھمُت۔ تمی سُنٛد ادبی مرتبہٕ تہٕ مقام یوٗتاہ تھوٚدٕ چُھ، تمہِ نِشہِ تھزر چھ مرحوم سنٛزِ انسان پرستی تہٕ حلیمی تہٕ نرمی ہُنٛد۔ خبر تس جنت گارس کیٛاہ باسیوٚ وےٚ منٛز زِ پننِس اولادٕ سنٛدی پأٹھی ہیچھنوونس تم صحافتی زأوی جاریم نہٕ اکھ بوٚڈ بارٕ ووستادتہِ پننِس شأگردس ہیچھنأوِتھ ہیکہِ۔ امہِ کُے نتیجہٕ دژ اوسہِ زِ تٔہنٛزی سرپرستی منٛز کوٚر مےٚ ''گھڑیال'' ناوُک اخبار کڈنک فأصلہٕ تہٕ یہِ اہم کأم بڑٕ وٕنٛہہ کُن پکناونس منٛز گٔر مرحوم نےٚ مےٚ قدمس قدمس پٔتھ حوصلہٕ افزأیی تہِ تہٕ رہنمأیی تہِ۔ مرحوم شمیم صأبس ستی سپدی میأنی تعلقات اتھ حدس تام اُستوار زِ یہِ رِشتہٕ ووت گھریلوٗ تعلقاتن

تام تہٕ۔ یہِ اوٗسُس تِہنٛد گرٕ یوان گوٗھان تہٕ وارٕ وارٕ باسیوٚم سُہ گرٕ پننہٕ نے گرٕ۔ بہرحال مرحوم شمیم صأبن تہِ زوٗنُس یہ پننہٕ گرٕ گٔے بأژتہٕ واریاہ تِم کتھہٕ ونکھ مے یِم نہٕ تِم بیٚیہِ کانٛسہِ ونہٕ ہن۔ امیُگ وجہ ہیکہِ ہے یہ تہِ اَسِتھ زِ تِمن اَسی پننٛز شُری وُنہِ لوکٕٹ تہٕ توٗے کٔنٛز اَسی مے پننین ادبی کارنامن ہنٛز تہِ زان کرناوان۔

یہِ کتاب ''وچھس تل مزار'' یوسہٕ تِہنٛد بن افسانن پیٹھ مشتمل چھےٚ، پرن والین تام واتناونہٕ باپتھ چھُس بہٕ فخر زانان تہٕ باسان چھُم تِہنٛدِس روٗحس آسہِ خوٚشی میلان۔ بہٕ چھُس جناب شفیع شوق صأبُن سبٹھاہ شکرگذار یِمو یتھ کتابہِ تہٕ شمیم صأبُس متعلق پننٛز رائے قلم بنٛد کٔرِ بیٚیہِ چھُس بہٕ پنِنس دوست جمیل انصاری صأبُن تہِ سبٹھاہ شکرگذار یِمی سرورق تہٕ کتاب کمپوز کرنٕچ ذِمہٕ دأری مٔٹہِ ہیٚژ تہٕ ژُکہِ سان امیُگ پروٗف تہِ پوٚر، یتھ زِ اَتھ منٛز روزِنہٕ رسم الخط رٔنٛگی کانٛہہ غلطی۔

ارشد رسولؔ

(چیف ایڈیٹر روزنامہ گھڑیال سرینگر)

# مُنفرد افسانہ نگار...... شمس الدین شمیمؔ

''وچھس تل مزار'' ہیتھ ژُوَن وول افسانہٕ نگار شمس الدین شمیم اوس
پننین افسانن منز زِندگیہِ ہِنٛدبن بدلوٚنین رنگن، کردارن تہٕ واقعاتن پننہِ
مخصوٗص اندازٕ ترتیب دِتھ زندگی ہُنٛد معنی زانٛنچ کوٚشش کران۔ زندگی تہٕ موت
پانوٚنی ہم دم آسنٕک احساس چھُ انسانس پرٛتھ کانٛہہ ژِیُہہ اکھ نوٚ وامکان، اکھ نوٚ و
محاذ تہٕ نوٚ وامتحان بناوان۔ یِم نٔوی امکان، امتحان تہٕ محاذ چھِ تس پننہِ ذاتہٕ کہِ
نہاں خانہٕ منزٕ آزاد کٔرِتھ پانس أندی پکھی لُکن ہٕتی رشتن منز دأخل سپدنٕک
جرٲت دِوان تہٕ آزمٲیشن منز ترٛ وان۔ شمس الدین شمیمؔ نین افسانن منز چھُ
فردٕ سُنٛد ذٲتی کرب غٲلب آسنہٕ باوجوٗد عصری اجتمٲعی زندگی ہُنٛد عیان حال۔
تِمۍ ہٕنز خود آگہی چھےٚ تمثیلی اندازٕ عصری کأشرِ ساجہ کین وایاہن رنگن تہٕ گُتھ
پزرن اِحاطہٕ کران۔ ظٲہری وطیرٕ چھِ بٲطنی ارادن پردٕ أستھ تہٕ تِمن سطحس
پیٹھ انان۔ ''اکھ پزنٹ'' افسانٕک راوی چھُ کشیرِ ہندِ اکہِ دورٕ چہِ وضعدأری
ژھاییہِ اجتمٲعی زندگیہِ منز اخلٲقی بحرانس تہٕ جنسی بے راہ روی غیر اغلب
واقعہن اغلب بنأوِتھ شہرِ کین کوچن، بازرن، ہاوسبوٹن تہٕ ہوٹلن منز موجود

بیمار صوٗرتحال برٛ وَنٛتھ کٔن انان۔

"اورٕ یور پھیرِتھ ژاس ژورِ بجہِ بأگی أکِس پارکہِ منٛز۔ اَتہِ اوس پڑتھ طرفہِ زرد کونگ ہیوٗ بوٗنہِ پَن۔ بہٕ ہیوٗتٕس پارکہِ ہٕنٛدِس ریڈنگ روٗمس کُن پکُن زِبوٗنہِ پَنٛن تُل میانہِ لَتہِ موٗنجہِ ہتی شورزَن تہٕ بہٕ کاوٕج اوٗسس۔ بہٕ دژاس پوٚت کھوری تہٕ بنٛدٕس پپٹھ ہتھ یٚتم ہاوس بوٹ گنٛز رٕنی۔ أتھی منٛز گوٚو آفتاب لوسنہِ وِزِ بوٗنہِ پٔنگ شور۔ مےٚ دِژ نظر تہٕ حأران گوس۔ یہِ أس سوے، أکِس نفرس ہتی نٔرِ منٛز نٔر ژٕھنِتھ أکِس ہاوس بوٹس کُن وَسان، یوٗسہٕ مےٚ ہتی پَران أس۔ یوٗسہٕ کھاندرٕ پَتہٕ رأنِس اجازت ہتھ مےٚ ہتی جایہِ جایہِ پھیرَتہٕ لُکن کوچہِ پھری گٔری گٔری گیہِ پٔنٕز ترٛیش ہوٚمران۔ مگرتوتہِ ژوٚکُس نہٕ ترٛیشہِ ڈٕسہٕ۔ چھیکرس گیہِ کأم، ژِھمرِ مِلون وأژتہِ بہٕ ژاس ہنٛدٕکِس أکِس ہوٹلس منٛز۔......"

شمیم سُند آزاد ذِہن چھُ بظأہر نہایت سنجیدٕ تہٕ غأرمعموٗلی سمأجی پزرن منٛز تہٕ اجتمأعی کردارٕ کی کینٛہہ مستقل انہار بدٕکڈان تہٕ سماجس منٛز موجود جبر تہٕ استحصالُک دایمی اصوٗل برٛ وَنٛتھ کٔن انان۔ جبر تہٕ استحصالُک یہِ کارفرما اصوٗل چھُنہٕ تشدد تہٕ نہایت سنجیدٕ سیأسی مقصد کہِ حوٗلہ باپتھ تحریکس دوران تہٕ پتھ روزان۔ اکھ مُہیب منظر چھُ أچھن برٛ وَنٛتھ کُن یِوان۔ نکھس پپٹھ تُلِتھ سیمنٹ بُھرٕی، خوجہِ سُلہِ صأب، پُلیس افسر، عام شہری تہٕ سنجیدٕ مقصد ہتھ دژ اعتی بظأہر شخص......غرض سارِنٕے طبقن ہٕنٛدی لُکھ چھِ اکھ أکِس وِیدی تہٕ تارنگری ہٕنٛدِس طریقس وأقف۔

''گہ، گوٚ، گوٚ برا، اوٚر چھِی حالات خراب، ہوٗنۍ چھِ پھیران، کریک ڈاون
کرَن کرفیو چھُکھ لوگُمت، کیاہ کیاہ ونےٚ گوٚبرِ......!''

یہِ وَدن وان بوٚزِتھ لوٚگُس خوٗبصورت نوجوان اطمینانہٕ سان پرٛژھنہِ:

''اچھا، اچھا، یِم چیز چھِ وُچھِن، مگر خاجہٕ صاب یہِ سیمٹھ کتھ کیُت چھےٚ''۔

سُلہٕ صابن لوگ مکاری ہُند تیز وَدن وان۔

''یہِ۔یہِ۔یہِ سیمٹھ چھُ۔شہ۔شہید۔شہید مزارٕ باپتھ۔''!

یہِ بوٚزِتھ ژھٔنی اٰمی نوجوانن دندَس تل اوٚنگجہِ تہٕ وُلی وُلی تُجن احترامہٕ باپتھ
سیمٹھ بوہرِ پیٹھٕ لتھ تہٕ دہشوٗنۍ ترأون وَتھ۔ یہِ وُچھِتھ گیہِ زَن گلہٕ
موٚزوٗرس گلہِ زٕنوٗتہٕ سُلہٕ صأبن کوٚر پننس تگنس پیٹھ أندری فخر......!!۔

شمیم سٕندی افسانہٕ چھِنہٕ محض بیانیہ، بلکہِ بیانیہ کہِ وسیلہٕ سمأجی سروکار
تہٕ اجتمأعی زندگی ہٕندی درپردٕ گوشہٕ نُراونکی ذریعہِ۔ شمیم سٕنز تخلیقی ذہانت چھےٚ
تمی سٕندِس اسلوٗبس قوّت بخشان۔ سُہ چھُ خود آگہی مماثلتن ہٕندِس رنگس منٛز
پیش کرنس منٛز مأہر۔ یمن مماثلتن ہُند تعلق چھُ پتھ کالس سٕتی تہٕ تِتھےٚ شدید
یتھ ازکالہِ کین ہنگامن سٕتی چھُ۔ تمی سٕنز عصری حِسیت چھےٚ أندی پکھی حقیقتس
سٕتی اتصال کَس رنگس منٛز تمی سٕنز فکری آزادی۔ یہِ فکری آزأدی چھنہٕ
بیانن ہٕنز شکلہِ منٛز، بلکہٕ زورتہٕ جبرس پیٹھ قأیم نظامس خلاف احتجاجس منٛز۔
یہِ احتجاج چھُ منأسب حالاتن ہٕنز شکل رٹان یتھ منٛز واقعہٕ تہٕ کردار اکھأ کِس
ڈکھ چھِ۔ یِم انفرأدی تہٕ مماثل رٔوِیہِ چھِ مختلف رنگن ہٕندبن عکسن ہٕندی

پأٹھی اکھ أکِس منٛز شرٛ پان تہٕ پُر اثر ابہامس زائن بخشان۔ یہِ ابہام چھُنہٕ قأرِیس پرٕنس منٛز رُکاوٹ بنان بلکہِ تس پننہٕ بترِ مطأبق سوچنس پیٹھ مجبوٗر کران۔ احساسٕچ شدت چھےٚ قأرِیس تھپھ ژٕھنان تہٕ افسانہٕ کِس حد بند دنیاہس منٛز آزادانہٕ اندازٕ سمأجی رشتن منٛز جأرِی زور تہٕ جبرٕ چہِ کارفرمأیی متعلق سوچناوِنس پیٹھ تہِ پننہٕ انفرأدی نتیجہِ اخذ کرناوِنس پیٹھ مجبوٗر کران۔

''اعمال نامہٕ'' افسانس منٛز چھُ لفظ سونہ سُند طوطہ علامت بٔنتھ تیُتھ اکھ تمثیل ترتیب دِوان یتھ منٛز لفظن مقام تہٕ وقتہٕ کہِ دایرٕ منٛز نبر کڈِتھ آزأدی ہُند مترأدف بناوان۔

''أمی ہِندِ شہرٕ چہِ أکِس سارِوٕے کھوتہٕ تھزٕ فصیلہِ پیٹھ اوس وارِیاہ کال برٛونٛہہ أکھ سونہٕ سُند طوطہٕ تھاونہٕ آمُت یس کُن تس تلٕہ پیٹھٕ أچھ درس لبہِ موٕ آسہٕ تہٕ سوٗ أس طوطہٕ پرٛاوٕنکی خاب وُچھان۔ طوطس أس یہِ خأصیت زِ سُہ یس تہِ اتھس منٛز یِیہِ ہا، تس اوس ڈیکہٕ پرٛزلان، مخرج کھسان تہٕ پرٛتھ کانٛہہ اوسُس رَنٛزوان، للہٕ وان تہٕ پتہٕ پتہٕ پکان۔ طوطہٕ فصیلہِ پیٹھ کھالنٕچ روایت کرٕأس تھنہٕ پیٛمٕو، اَمیُک اوس نہٕ پَے۔''

بیہودٕ فلسفیانہٕ نکتہٕ گیری بجایہِ تمثیلی صورتحال پیش کرُن چھُ افسانٕچ کامیأبی۔ امی ہِتی چھُ اِدراک ممکن تہٕ پرن وول چھُ افسانہٕ نگارٕ سنٛزِ کومہِ منٛزٕ نبر نیرِتھ پننی پأٹھی سوچنس پیٹھ آمادٕ گوٚھان۔ اکتسأبی اصطلاحو بجایہِ زندگی

ہنٛدی اغلب صورتحال چھِ افسانہٕ کہِ فنی تقاضہٕ مطابق معنی وو پداوان۔ متن چھِ اکھأ کِس منٛز ضم سپدِ تھٕوی متن ترتیب دِوان یم کُنہِ مروضی قائدس تابع چھنہٕ۔ لفظ چھنہٕ روایتی معنوی حلقس منٛز قید روزان تہٕ نہَ چھِ لباٗدس کأم ہوان، بلکہ چھِ خود زاتہٕ خود کار بنان۔ شمیم نعین افسانن منٛز چھُ مفہوٗمن میٗل سپدان تہٕ قأری چھِ پٔتر اونہٕ آئتی مفہوٗم ردد کٔرتھ یا مشرأوِتھ تجزیہ کہِ ذریعہِ پننی مفہوٗم ژھارنس پتھ آمادٕ گژھان۔

لفظن تہٕ لسأنی اظہارن ہنٛدِ ذٔسی متن ضم کرنس منٛز چھُ شمیم نعین افسانن منٛز شعری اسلوٗب نوٗن۔ اِجمالس چھےٚ اتھ متن ساز اسلوٗبس منٛز خاص اہمیت۔

''تتھ تیتس لوکٕٹس کرایہِ کُٹھس منٛز أسی تمن ترٛبن یوہےَ الہِ گٔڈی تہٕ ملہٕ گٔڈی ووتھان۔ تِہُنٛد اکھأ کِس ستی جنگ کرُن اوس مےٚ پٔرتھ وقتہٕ پریشان کران۔ بہٕ اوٗسس گابران تہٕ اورِ یور لاینہٕ یِوان ترٛیشوٗے نفر أسی مِزازٕ کِنی بیوٗن بیوٗن۔ اکھ نارو نار گوٗھان، بیا کھ تہٕ۔ مگر ٹُلہٕ نارنہٕ کینٛہہ۔ ترٛییم اوس سرٕ دتہٕ یخ بستہٕ۔ مگر ہُمن دون ہنٛدِ کھوتہٕ تہٕ وُٹگر۔ ژھوپہٕ دَم کٔرِتھ اِنقلابس گوڈ بران۔ ییٚمہِ ستی ہم زٕ توہہٕ پھلکی پأٹھی تھوٗد تھوٗد ووتھان تہٕ مےٚ عأرقہٕ ژھٹہٕ نیران۔ سأری ہے پأنس دَگ ووتھان مگر زِیوٗنہِ کینٛہہ پھوران۔ تتھ تیتس لوکٕٹس کرایہِ کُٹھس منٛز اوس یہ جنگ واریاہ کالہِ پتھٕ پیوٗےَ چلان۔ (افسانہٕ......گژبکھ)

یہ چھُ مُختصر نظمہ ہُند اسلوٗب تکیازِ "لوٗ کُٹ کُتھ"، پانہٕ وأنی برسرِ پیکار ترٛےٚ شخص تہٕ تماشہِ ہٕبن راوی چھُنہ معروضی پزٕ ربلکہِ استعارٕ۔ مختصر افسانس تہٕ مختصر نظمہِ درمیان تفریق دوٗرکرنس منز چھےٚ اختر محی الدینس تہٕ ہردےکول بھارتی یَس پتہٕ شمس الدین شمیمس فنی مہارت۔ کأشرِس منز علامتی تہٕ تجریدی افسانہٕ مستحکم روایت بناونس منز چھُ تمِس اہم مقام حاصل۔ افسانہ "وچھس تل مزار" چھُ نظمہِ ہندِ اندازٕ شروٗع گِوھتھ تجریدین ہندِس غلام گردشس منز گیر کران:

"تم ترٛےٚ ہِصہٕ آمتی زٕ کُٹھی تہٕ سو، یُس وونی پنٛزٕ تہٕ پرٕ دی ژھانڈان، أندی أندی گتھ کران، مگر سو وونی أ رکس زٕ بنےٚ ہو، اکھ أڈی جہِ کرٕ ژواتہٕ میوٗ بنہٕ ستی میوٗ ہاتہٕ بیا کھ تالوٗس نِش مُدٕےٚ گنٛڈِتھ یون گن دُ چھان۔"

آ۔ تم ترٛےٚ: یِنڈٕر، گزٕ ٹہٕ، شُپ تہٕ بہٕ......نہ نہَ......بہٕ نہٕ......سو یوٗت کالِچ مسوٗل تہٕ ہِصہٕ آمتی زٕ کُٹھی، ترٛےٚ پوٗژ تہٕ زٕ ٹوپہٕ......آ......

افسانُک راوی چھُ خودکلأمی منز پننِس ذأتی یادن وژن دِتھ مماثلوٗن ہندِس تلاشس منز معنی لبنٛچ کوٗشش کران۔ یہِ چھُنہٕ کانٛہہ نظریأتی آیڈیل، بلکہ نجی زندگی تہٕ عصری حقیقۍ منز موجوٗد اِنتشارس شکل دِوان۔ سون ذِہن چھُنہٕ مقرر کرنہٕ آمتس معنی لیس پیٹھ قناعت کرنہٕ دِوان بلکہ چھُ یِنڈٕر، گزٕ ٹہٕ تہٕ شُپ تجریدن ہندِس متنی رِشتس پیٹھ پھِری پھِری فکر کرنس پیٹھ مجبوٗر کران۔ یتھ

پأٹھی افسانک قأری تلاشس منز چھُ تِتھے پأٹھی چھُ سون ذٕہن تہٕ تلاشس پتھ آمادٕ سپدان۔ ینٛدر، گرٕٹہ تہٕ شُپ، تژبنوے تجرید چھِ حرکت تجویز کران۔ تژبنوے چھِ وٕ وپزٕ اوی، تژبنوے چھِ سماجی رِشتن منز پانٛنیارتہٕ خلوصک اشارٕ دِوان۔ اتھ سیال معنوی عملہِ منز چھُ قأری سُند شعوٗر تہِ یران تہٕ نوی نوی ولگنٕ کھوان۔

افسانہٕ نگار شمیم چھُ کامیاب پأٹھی گذریمِو عملہِ حال بناونس منز کامیاب۔ امہِ باپتھ چھُنہٕ شاعرانہٕ وَل ورتاونہٕ وأے چارٕے کانٛہہ۔ تکیازِ امکی کردار تہٕ واقعہٕ چھِ گُنہٕ زمأنی سرحدٕ نبر۔ یہِ چھُ تخیلی دنیاہ تہٕ اَتھ جِسأوی سطحس پتھ انہٕ باپتھ چھُ لفظن پنٕنہ لُغوی معنی نبر نیرُن ضروری۔

"آفتاب گوٚو بتراٗژ ستی ژوٗرٕ ژھیپہِ گنٛدان تہٕ وَق روٗد بتھِ پتٕھ چہٕ اوٚش دَگہِ ہنٛدی پأٹھی ژلان تہٕ تس بنے یہِ ناکھٹنٛگس ٹنٛگہٕ ہٹ، نبس کھوٚتُس اوٚبُر، میٚوٕلِکس چاکھ تہٕ گیٚنہٕ کھوٚس، سوٚنٛت کھیٚوس ہردَن تہٕ کرٕہنس پوٚس زن اوٹ، مگر، مگر توتہِ روٗد دگرٕٹہٕ گرٕ بزان، ینٛدر ژان، شُپ ژھٹان، عمہٕ سِپارن ہنٛدی ورق اورٕ یور کران تہٕ تُمی ہنٛدی میٚوٕ پنٛچہٕ روٗدی تژبن پوٚژن تہہ کران تہٕ دون ٹوپین لال جران، کیاہتام آش اُسس تہٕ سوروٗ ژژلونس وقس ستی پکن والین ستی پٕدی رلاوان، زنگہٕ نُرتہٕ نرِ زنگ واٹان تہٕ پکان، پوٚت نظرٕ نہٕ دِوان، کٔنن طعنہٕ، ہزٕل تہٕ گیلٕن گرٕھان مگر توتہِ گیہ میٚوٕ پنٛجن

ہَٹہٕ کھسان تہٕ ژبس اوٗبرٕ لنگ ہُران تہٕ پتہٕ ییٚلہِ واریاہ وق گوٚ وموچھِ منٛزٕ

نیرِتھ اکہِ دوہہٕ گوٚ وکٔنن ونہٕ ڈن۔"

شمیم چھُ کاشرِس افسانس منٛز تجریدی اسلوبُک منفرد افسانہٕ نگار۔ تمی

سندِ افسانٕک تعلق چھُ آزاد فکری ہٕنٛدِس تتھ لسانی نظامس ستی یتھ منٛز تخلیق کار

سنٛزٕ ذات تہٕ قأری سُند ذِہن واریاہن مقامن پیٹھ ہم نواسپدان تہٕ واریاہن

مقامن پیٹھ مجادلس منٛز ہنہٕ یوان چھُ۔ یہِ چھےٚ تمی سندِ فنٛچ بڈ کامیأبی زِ افسانہ

چھنہٕ اثر پذیری رۄس روزان۔

ڈاکٹر شفیع شوق

# اکھ پڑٕنٹ

سن ِشیتگ ۲۴ر نومبر بمطٲبقِ ۱۴۰۱ ہجری ہُنٛد ۱۵ر محرم الحرام مشہِ نہٕ مے زانہہ، گرِ اوس نہٕ ویلی تہٕ بہٕ دژاس چایہِ گپ جورا چیتھ۔ درواز تل اَسی سٲمی تہٕ شنو وردی لاگتھ پڑاران زِ نانی تژ اوِ اسہِ سکوٗل چہ بسہِ منز، مے توٗگنہٕ گوڈٕ یمن کُن وُچھنے۔ لوٗتے یم دوشوٕ نی لنچ بکس، یم کھولم، اتہِ اوس یمن منز ٹھوٗل اکھ اکھ تہٕ ژوٗٹ اکھ اکھ۔ نہٕ اوس یمن منز سیُن تہٕ نہٕ بتہٕ۔ U.K.G پرن والین تمن دوشوٕ نی کُن تژ اوٕ مے نظر۔ یمو پھیٖر بتھ ہوٗکن، آکاش نا، زن نہٕ کانٛہہ مسلے اوس۔ مے تژ وو پھژ کھ تہٕ ہیوٗتنس نیرُن۔ یمو دوشوٕ ے کوٗرمے ٹاٹا۔ مے پھوٗرنہٕ کہنٛہ تہٕ دٕہ لد گگرٕ ہیوٗ ژوٗلس۔ چوکس منز وٲتتھ گیوس کیا ہتام سونچان سونچان گاڈِتل۔ ڈرائیورن دِیُت لیکہِ ہُنٛد ہارن زِ بہٕ کھوٗتس فُٹ پاتھس پیٹھ تہٕ دژاس بژ وٕنہہ کُن۔ ووٕنی اَسی مے بوٗچھِ ستی تار کھ بوزنہٕ یوان مگر پکان گوس تتھٕ کنٛی زن تہٕ گرِ بتہٕ کھیتھ دژ امُت چھُس۔

ہیلو! وارَے......!''

''بلکُل، تُہۍ چھِوٕ وارَے، مےٚ پُرٛژھُس۔

''وُلِو تام اَڑٕ وُہتھ ریسٹورنٹس منٛز''۔

''نَہ، مےٚ چھےٚ اکھ ضروری کأم''۔

مےٚ ٹالیوٚو مامَلہٕ، مگر سُہ کتہٕ مانہٕ ہے۔ نِر گرنَم تِمھ تہٕ ژٲلِہ ریسٹورنٹس منٛز۔ تاوٕنس اوس اَتہٕ دوہلی لنہٕ گوٚٹ۔ صرف اَسی پرٛتھ ٹیبلس پیٹھ ووزٕلی ووزٕلی بلَب دَزان۔ مےٚ دِژ اورٕ یور نظراہ۔ اَتہٕ أس اَکس ٹیبلس نِش انٹرنیشنل آنٹی، سأنِس اَکس خوشہٕ وِنس طاقت وردوستَس ستی کھِنگرِ ماران۔ یَس میأنِس دوستَس اکہِ دوہہٕ انٹرنیشنل آنٹی صِرف اکہِ رأژ ہُنٛد ارمان بوومُت اوس۔ خأرٕ بہٕ بیوٚٹھُس یمَن کُن تھرَ گِرتھ تہٕ ہبوٗم یہنٛز کتھٕ بوزنہٕ۔

"How sweet you are"
"Thank you sweet lady"

''ہائے میں مرجاواں

"Ashoo I like your strong actions"

"But dear lady, your husband is stronger than me"

''ارے چھوڑ نا کس منحوس دی گل کی، سالا روٹھ کر بچوں سمیت بمبئ چلا گیا......!''

اِنٹرنیشنل آنٹی ہنٛز کتھ اُس پزٕ، تَس ژوٕل اُخرَس پیٹھ وِرنہٕ وو کھُل ہیوٚ روٗن نوزَے نوزَے دِوان شُری ہتھ بمبئ۔ یاد چھُم پیوان، انٹرنیشنل آنٹی

ییلہِ ہسپتالس منز مَرنہٕ سَراٗس، راٗنۍ دِیُتنس پنٕنۍ مَوٚھن ہُند خوٗن، اِد آیہ ہوشہٕ۔ مگر اَز چھُ سُہ منحوٗس، اٲمِس انٹرنیشنل آٹٹی چھُ یتھ واٗتسہِ منزٕ تہٕ بَرٕ جوان تہٕ شراب ٹوٹھ۔ اِدٕ یمنے منز چھےٚ مَس، بہٕ لوٚگُس اٲتھی دولابَس زِمےٚ ہتی یُس ربسٹورنٹس منز ژایو وُسہ اوس لوٚتے اَرکس ہِی مونگرِنش ژوٗلمُت۔ منگناوٕ ہا چاےٚ چندٕ اٲسی خاٲلی، لوٚتے دراس اَنہِ گٹہِ منز نبر۔ نبرٕ اوس گاشی گاش۔ بہٕ پوٚگُس برٕ وٗنہہ گُن کیلہٕ دبلَس پیٹھ ژٕجم کھر۔ ہابہٕ چھُسوٕ خبر کیاہ وَنان۔ اصلی گتھ ونووٕ بہٕ ووٚنۍ۔

۱۹۸۰ تک ۲۴ نومبر بمطاٲبق ۱۴۰۱ ہجری ہُند ۱۵ محرم الحرام مَشہِ نہٕ مےٚ زانٕہہ۔ گرِ اوس کھُلہِ بَتہٕ، بہٕ دراس یڈٕ بُرتھ بَتہٕ کھبتھ۔ سٚمی تہٕ شِنو اٲسی سکوٗل۔ خاٲر اٲرکس چوگُس تل سمکھےٚ یہِ مےٚ سو، یَس ووٚنۍ ڈبکس واریاہ مَس وال چھتی ہتی اٲسی۔

''ژٕ کیاز چھُکھ ووٚنۍ لوٚب ہوان تہٕ مےٚ گُن وُچھتھ کاٲر پھِران!''

''بہٕ کر پوٚگُس نتہٕ ژےٚ ہتی نَنہِ ولنہٕ!''

ییلہِ بہٕ پوٚش اٲسس۔

''مےٚ ژٕ ووووٚنۍ سوٗرےٚ کینٕہہ Career گوٚو خراب!'' مےٚ ووٚنمس تہٕ سو وٲژھ توٗرٕ:

''ژےٚ ژٕ ووٗتھ نہٕ بلکہِ چھُکھ ژٕ ووٚنۍ میانہِ کورِ ہتی!''

''ژےٚ اٲسہٕ ہَن پانَس ہتی ہتی پھِروان، حرفس گواہ تہٕ میڈِس شریک

تھوان"۔

اَدٕ ژٕ گُس وو پَر چھُکھ ،ٹھیک چھُ، مگر مےٚ تہٕ مہٕ دِدَ کہٕ"۔

مےٚ دِژٕس سفید مستَس کُن نظراہ تہٕ ژٕلِتھ کوٗ ڈُم بنڈَس پیٹھ تھکھ ۔ یاد پیوم لگ بگ ساڈٕ ژور ہَتھ وٕری برٛونٛہہ یُس اَفسانہٕ نٔندرٕ ریشٕ سوٗ نٛچمت اوس تمکو ترٛےٚ کردار چھِ اَسی ترٛےٚ ۔ سو بہٕ تہٕ تٕمی سٕنٛز کوٗر ۔ خبر مےٚ کیاہ ووٚن ۔ بہٕ وَنہٕ ووٚنی اصل کتھ ۔

۱۹۸۰ تٕک ۲۴ نومبر بمطابق ۱۴۰۱ ہجری ہُند ۱۵ محرم الحرام مَشہٕ نہٕ مےٚ زانٛہہ، بہٕ دڑاس گرِ درواز َس تل اَس مأج سریہٕ بَل کِس دستگیر صابنہٕ آستانہٕ پیٹھ آمژٕ ۔ سوٕ ژھم گمہِ ہَٹہٕ ۔

"نیر نبیٖ لیس حوالہٕ ۔ اورے اۆتھم موزٕ ۔ کھورَن چھُم ترٕلگان"۔

"پوٚنسے نے چھُم کانٛہہ!" ۲۰ روپیہٕ اَستھ تہٕ ووٚنمس فٔندٕ تہٕ دڑاس ۔ اورٕ یور پھیرتھ ژاس ژورِ بجہِ باگی اَکِس پارکہِ منٛز ۔ اَتہٕ اوس پرٕ بتھ طرفہٕ زرد کونگ ہیوٗ بونہِ پَن ۔ بہٕ ہیوٚتُس پارکہِ ہٕنٛدِس ریڈنگ روٗمَس کُن پکُن ۔ زِ بۆنہِ پَنَن تَل میانہٕ اَتہٕ مونٛجہٕ سٕتی شور زَن تہٕ بہٕ کاوٕج اوسُس ۔ بہٕ دڑاس پوٚت کھوری تہٕ بنڈَس پیٹھ بِہِتھ ییٚتم ہاوس بوٹ گنٛزرٕنی ۔ اَتھی منٛز گوٚو آفتاب لوسنہٕ وِزٕ بۆنہِ پنگ شور ۔ مےٚ دِژٕ نظر تہٕ حأران گوس ۔ یہٕ اَس سوے اَکِس نفرس سٕتی نَرِ منٛز نٕرٕ ژٕھنتھ اَکِس ہاوس بوٹس کُن وَسان، یوسہٕ مےٚ سٕتی پَران اَس ۔ یوسہٕ کھاندرٕ پتہٕ راأنِس اجازت ہیتھ مےٚ سٕتی جایہٕ جایہٕ پھیرتہٕ لُکن

کوچہ پھری کری کری گیہِ پِنٕز ترٛیش ہوٚمران۔ مگر توتہٕ ژوٗلُس نہٕ ترٛیشہٕ دٕ دسہٕ۔ چھیکرس گیہِ کاّم، ژِھمبرٕ مِلون وأژِتہٕ یہٕ ژاس بنٛڈٕ کس اکس ہوٹلس منٛز۔ بہرٕ انہٕ نووُم ژوٗریاٹھی ۱۳ اہَن روپَین شراب پوٚ، ماجہِ ہُنٛد موزٕ پیوم یاد۔ مےٚ کھیٚنہِ گتھ۔ پوٚ منٛزٕ چیٚیم شرابکی ترٛے حِصہٕ تہٕ سروٗر آم۔ گاٹٕہٕ جوراہ ہیوٚ ٹھُس اٲتی تہٕ پتہٕ درٛاس۔ وَتہٕ وَتہِ اوس چندس منٛز پوٚ بوتلہِ منٛز شرابک ژوٗریم حِصہٕ چھورٕ چھورٕ کران۔ یہٕ ژاس چوکہِ کس اکس انہٕ گٹہِ کوچس منٛز۔ بوتلہِ دِیُم دام تہٕ دِژِم داٗرِتھ۔ اَمِچہٕ آوازٕ ستی درٛاو اَنہٕ گٹہِ کوچہ منٛزٕ اکھ لڑکہٕ پھیٚکس پتھ بُہری ہتھ باثرٕ ہوٚت۔ اٲمی دِژ کرٛیکھ:

"ہاخودایو پُلیس!"

مےٚ دِژ اٲمس باثرٕ باثرٕ تھپھ، ژھوپہ کر۔"

"ہے جناب! مےٚ ترٛاو، مےٚ چھُ مول وَنان...... یہٕ چھُس نہٕ ژوٗر۔ مےٚ چھُ مول شرابچہٕ خاٲلی بوتلہٕ دوہے سوٚمبراوِ ناوان۔ مےٚ دِمعاٲفی"۔

یہٕ بوٗزِتھ ووٚتھ مےٚ عاٲرق تہٕ ترٛووُم یَلہٕ سُہ ژوٗل باثرٕ ہوٚت۔ بَتہٕ ژوٗلُس نظر بچاٲوِتھ کوچکہِ دوٗیمہِ گلہِ کنہِ۔

تیتھے یہٕ بجہِ سڑکہِ پیٹھ ووٚتُس اَتہِ اوس شور۔ لُکھ اٲسی سمے ٕتی۔ یہٕ ژاس برٕ منٛزی۔ اتہِ اوس اکھ پُلسہٕ وول دزٕ وِنی موم بتی ہتھ کھڑا تہٕ مےٚ وُچھ بوتلہٕ وول لڑکہٕ ٹیکسی ہنٛدِس ٹاٗرس تَل خوٗنہٕ جویہٕ پیٹھ شوٚنگتھ تہٕ بوتلَن اوس سورمہٕ گوٚمُت۔ مےٚ دِژ اٲچھن مُرَن تہٕ ووٚش ترٛاٲوِتھ درٛاس۔ چوکہِ کس موڈس

تل سمکھے یَم جانہٕ مٕژ۔

''دیوٗ صأبا روپے!''

مے اُس گُنی روپے چنڈس منز۔ یہِ دِژم جانہٕ مَژِ تہٕ ہیوٗتُم نیرُن زِأتھی منز گر جانہٕ مَژِ مے نِرتھس۔

''پاگل صأبا۔ ولا پار کہِ منز یا کوچس منز۔ دوہے چھُکھ پوٗنسہٕ دِوان، پکوٗ تژ لیش ہاہمی۔ لُکھ ہے مے یڈ باپتھ ژوننی دِتھ پننی تژ لیش ہوٗ مران چھِ، پکوٗ ......!''

یہِ وُنتھ دژ الیہِ سوتہٕ مے پھورنہٕ دِدِتہِ تہٕ رٕہتھ گوس۔

☆☆

# شہید مزار

## رتہٕ پێٹھی اوس سیمٕٹھ ژلان

رتھ تہٕ سیمٕٹھ، کژبکہٕ تہٕ وأے أسی کشیرِ منز سنہٕ ۹۰ رتس ۹۲ رتس منز اکھ أکِس ءتی رلاونہٕ آءمتی ۔ أتھی طوٗفانس منز آسہٕ حسبِ معموٗل اکہِ دوہہ تہِ سرینگرچہِ سڑکہٕ وأران تہٕ لال چوک تہِ اوس دِیان، اماپوٚز کاثہہ کاثہہ نفراوس پھرٛ ٹہٕ ہوٚت دَوان تہِ کیٛاز زِ کرفیوٗ اوس لاگنہٕ آمُت تہٕ یمن پھرٛ ٹہٕ ہتین منز اوس گلہٕ موٚزوٗر سُلہٕ صأبنی سیمٕٹھ بُہری ہتھ تیز تیز ژلان، أتھی ژلہٕ لارِ منز وۄتھ گُلہٕ موٚزوٗر بُتھ ژ کرِتھ سُلہٕ صأبس کُن:

"ہتہٕ حض، گوناہ گار کوٚرتھَس، وُچھان چھُکھ نا رتہٕ دأدی سڑکہِ پێٹھی چھِ أسی یوت پکان——"

یہِ بوٗزِتھ ترٛ ووسُلہٕ صأبن اَسُن تہٕ اورٕ یور وُچھِتھ ژلان ژلان وۄتھ میٹھِ آیہِ گُلہٕ موٚزورس کُن:

"ہیا بیقلا، یُتھ موقعہ کتہٕ پیہ ییٚہ، مےٚ چھُ ووزلہِ کنہٕ ژوٗپ کڈُن، بکواس چھُکھ کران، مےٚ ووٗناییمن لڑکن یہ کرُن، پکھ پانس، از کل چھُنہٕ پرٛشش مکانس چھِم ترٛاوِنی پور جورا، تھیکنی لایق گوٗھِ ہنی پہر، یہےٚ رنگہٕ بلبل ہش"۔

یہ بوٗزِتھ ووتھ ییٚہِ گُلہٕ موٗزوٗرتس کُن عاجزی سان:

"ہا! یہِ حض گوٗو تاوِن، مےٚ چھُنہٕ یہِ سیمٹھ بُہری ہیتھ رتہٕ داوی سڑکہِ پیٚٹھی پکُن تگان ___! مگر سُلہٕ صائبن میٹھر وو ییٚہِ۔

"نہ نہ، کینہہ چھُنہٕ پرواے، بیقلہٕ پوٗنسہٕ ژورزین" ............

یہ بوٗزِتھ کرٕ گُلہٕ موٗزوٗرن ژھوپہ تہٕ رتہٕ داوی سڑکہِ پیٚٹھی روٗد بامبرِ بامبرِ پکان۔

دوٗرِ کتہٕ تام پتھ آسہٕ کرٛبکہٕ تہٕ واے، نعرٕ تہٕ احتجاج گرٛبزان۔ واریاہ پکِتھ تِتھے گُلہٕ موٗزوٗر سیمٹھ بُہری ہیتھ اکہِ کوچہِ کنی درٛاو، تس پییٚہ اَکس اڈٕ زُمتِس لڑکس پتھ لتھ تہٕ کُنی کرٛبکھ ژٕ جس ہیرِتھ تہٕ تِتھے سیمٹھ بُہری شانو پتھ وٕسی ہیوٗ اَنس پیٚنی تِتھے کرٕس سُلہٕ صائبن تھپھ تہٕ دوشوے درٛاے اورِ یورٕ ولی ولی نظر دِتھ بجہِ سڑکہِ پیٚٹھی اپورترنہٕ باپتھ زِکر بکھ گیہ:

"ٹھہرو کہا جارہے ہو کتو ...........! گُلہٕ موٗزوٗرس وبسرے یہِ زنگہٕ تہٕ سُلہٕ صائبس پھورے یہِ کلہِ زیوٗ یہ کتھ:

"چہ ...... چہ جناب، امن پسند، یہ سیمٹھ ..........مکان واسطے

.........معافی آیندہ، پتاہ کیاتھی اچانک گڑبڑ گو ھے گی...... Sir لڑکوں نے ہی ہم کی تباہ کی۔ یہ...... یہ سیمنٹھ مکان واسطے...........معأفی...... معأفی دیتا جناب۔

یہ بۆزِتھ تڑ وو ملٹری وألی گوڈٕ ٹھاہ ٹھاہ گرتھ اُسن تہٕ پتہٕ وۆتھس دٕنڈ چیرِتھ:

"بکواس بند کرو، بھاگو، مکار کہیں کا، لڑکوں کو بھی دھوکا دیتا ہے اور ہمیں بھی......مکار......"۔ یہ بۆزِتھ ہیوٚت یمو دۄشوٕے تیز تیز سڑکہِ تٔرن تہٕ ملٹری وألی تڑ وو دُبارٕ تیتھٕ گنی اُسن زِتس پیٚیہٕ رفلہِ تھپھ کرٕنی تہٕ امہِ پتہٕ دِژتمی بیٚیہٕ کر بکھ:

"جلدی بھاگ، کرفیو جو لگا ہے، مکار کہیں کا" کوچہِ گُلس پیٹھ وٚون گلہٕ موٚزوٕرن بڈِبڈٕ "مکار" لفظ تہٕ اُسن ژوٚلُس نیرِتھ تہٕ خشمہٕ ہتی سُلہٕ صأبن ہیژِس گُنی ژٕمٹ۔ کوچس منز اٚژِتھ ییلہِ دۄشوٕے پھرٕ کھترٕ و سُلہٕ صأبن دِژ پتھ کُن نظر تہٕ امہِ پتہٕ ترأون یا شاہ گرِتھ گلہٕ موزوٕرس گُنی تھاپر زِ سیمنٹھ بُہری پیٚیہٕ وٕسی تہٕ بِتھس پھش پھش دِوان وۆتھ سٕہ شرارتہٕ ہوٚت سُلہٕ صأبس کُن:

"ہے مے کیا حض کوٚرُے، موٚزوٕری چھُسہٕ کران کِتہٕ مٔلی چھُ تھَس ہیوٚمُت"

"اَہنو وونی اوسیہٕ ژیٚیے کوچہِ گُلس پیٹھے ملٹری وأِلس مکار وُنن تہٕ اُسن تراوُن ہملکہِ گوٚلی لایہٕ ہی___"!

سُلہٕ صاَبن لگاؤ وپنہٕ مکاری سرپوش تھونہٕ باپتھ گیل، مگر گُلہٕ موٚ زوٗرن لگاؤس یورٕ چونہٕ رؤستے تھاپر......

''ہامےٚ نہٕ حض وٚون تس، اُسن آم زِ ملٹری وألی وٚون صحی____!

سُلہٕ صاَبس ہیوٚتُن عاَرق وسُن تہٕ لوٚگ گُلہٕ موٚ زوٗرس پرٛژھنہٕ:

''کیا صحی''___؟

تی حض زِ ملٹری وألی وۄنے ژیےٚ زِ ژ چھکھ مکار......! یہٕ بوٗ زِتھ گوٚ وسُلہٕ صاَبس عاَرقہٕ سرٛان مگر جرٲت کرِتھ وۄتھُس گلہِ زیو گرٛٹھتھ:

''بہٕ...... بہٕ...... بہٕ چھُسا مکار، پاگلا ٹل بُہری ڈُلی ڈُلی......''!

گُلہٕ موٚ زوٗرس آیہِ ہوڈ......

''آہن حض بہٕ چھُس پاگل، بہٕ تُلے نہٕ سیمٹھ بُہری بہٕ دڑاسے آ......!

سُلہٕ صاَبن چیرِ دَند تہٕ وۄتھُس شرٛارتہٕ ہوٚت، ''ہیا ٹلو سیمٹھ بُہری ڈُلی ڈُلی، بہٕ ہا کرنا وَے نتہٕ گولبوٕستی گٲدی پرٛیٚن......!''

گُلہٕ موٚ زوٗرس گو دَم تُمی تُج خوفہٕ ستی لوتی سیمٹھ بُہری تہٕ لوٚگ سُلہٕ صاَبس پتہٕ پتہٕ رتہٕ دأوی کوچہٕ کنی پکنہٕ۔ تتھے أکِس کوچس منٛز وأتی اکھ نفر لوٚگ سُلہٕ صاَبس پرٛژھنہٕ:

''ہے ہتہٕ حض، سیمٹھ کتہِ اوٗنتھ......''؟

سُلہٕ صاَب وۄتھُس درجواب چاوسان:

''سرِیہٕ بلہٕ، مگرو نکین گوٗھی زِ نہٕ تور......''!

''آ......آ...... پے چھم، اَتہِ چھِ ہوٗنۍ بیٚیہِ دژا متۍ، پگاہ لنہٕ بہٕ تہِ ڈٖلی ڈٖلی داہ باہ بوہرِ''۔

یہِ بوٗزِتھ پوٚک سُلہٕ صأب تیز تیز تِکیاِ زِگلہٕ موٚزوٗ راوس سیمٹھ ہُمری ہتھ کوچہِ کِس موڑس تل ووتمت۔ سُلہٕ صأب گوٚو تیز تیز پکان زِ اَکی دوستن لٲریس کرٕ بکھ:

''ہتہٕ حض سُلہٕ صأب...... وارے چھُکھٕ، یہِ کتہِ اوٚنوٚ سیمٹھ، بہٕ چھُس سخ پریشان......''!

سُلہٕ صأبس گوٚو ورُکن مشکل، مگر جواب پیوٚس دیُن۔

''نبہٕ صأبا وُنکین گوٚو مے ژیر......آ...... ہرگاہ پگاہ حالات ٹھیک آسن سرِ یہِ بلہٕ بہٕ سیمٹھ......''!

یہ بوٗزِتھ تُج سُلہٕ صأبن پٔنٕنۍ کنٕ کُنۍ دَوزِ اکہِ کوچہِ منٛزٕ دژاو خوف ناک بُتھ گرِتھ اکھ نفر، یُمۍ تھوٚ ڈٖلی ڈٖلی بندوق تِمۍ سُلہٕ صأبس کُن تہٕ بڈٕ ہٹہِ وٚوتھُس:

''ہیا سُلہٕ بڈٕ اہیبر اہ، سیمٹس تُلتھ دِہ، پگاہ گژھن پنٛژہ بوہرِ سیمٹھ میوٚن گرِ واتنہٕ نتہٕ......!''

سُلہٕ صأبس گیہِ گب تہٕ خبر کِتھٕ کُنۍ کُملے یَس وُٹھ:

''بہٕ، بہٕ...... بالکل حض پنٛژہ بوہرِ کمۍ وۄن پنٛژہ ہاہ بوہرِ واتن___''!

یہِ وُنِتھ تُج سُلہٕ صأبن بیٚیہِ دَو۔ تِکیاِ زِگلہٕ موٚزوٗ راوس واریاہ بژ وٚنہہ وأنِتھ کوچہِ تہِ ڈٖولُمت تہٕ تِتھے سُلہ صأب کوچہِ تژ اُوِتھ اَکِس کھلہٕ مأدانس

نِش ووت اَتہِ وُچھِن گُلہٕ کلہٕ بون ترٲوِتھ تِکیازِ اکھ خۄبصورت نوجوان اوس سیمٹھ بوہرِ لتھ تھٲوِتھ بڑٕ شائستگی سان گُلہٕ مۄزۄرس پرٕژھان:

''اور کیا حض دلیل؟!! کتھ کر...... پرواے چھُنہٕ کینٛہہ، یہِ کیٛتھ چھے سیمٹھ ......؟''!

یہِ وَنان وَنان پھِر تَمہِ خۄبصورت نوجوانن بندوقہِ نٔلۍ بۄن کُن تہٕ سُلہٕ صأب آوٕ ڈٕلی نوجوانس کُن گُلہٕ مۄزۄرنہِ بدلہٕ مکٲری سان وَدوٗنہِ ہٹہِ وننہٕ:

''گہ، گۄ، گۄ برا، اورٕ چھی حالات خراب، ہۄنی چھِہ پھیران، کریک ڈاون کرَن، کرفیو چھُکھ لوگمُت، کیاہ کیاہ ونےٚ گۄبرٕ......!''

یہِ وَدن وان ہۄزِتھ لۄگُس خۄبصورت نوجوان اطمینانہٕ سان پرٕژھنہِ:

''اچھا، اچھا، یم چیز چھِہ وُچھِن، مگر خاجہٕ صأب یہِ سیمٹھ کتھ رٕکیٛت چھے''۔

سُلہٕ صأبن لوگ مکٲری ہُند تیز ودَن وان۔

''یہِ۔یہِ۔یہِ سیمٹھ چھُ۔شہ۔شہید۔شہید مزارٕ باپتھ۔''!

یہِ ہۄزِتھ ژھٔنی أمی نوجوانن دندَس تل اۄنگجہ تہٕ ڈٕلی ڈٕلی تجِن احترامہٕ باپتھ سیمٹھ بوہرِ پیٹھٕ لتھ تہٕ دۄشۄنی ترٲوِن وَتھ۔ یہِ وُچھِتھ گیہِ زَن گُلہٕ مۄزۄرِس گلہِ زبوتہٕ سُلہٕ صأبن کۄرِ پننِس تِگنس پیٹھ أندری فخر......!!۔

☆☆

# اعمال نامہٕ

سوٲس سبٹھاہ شرمسار تہٕ گلہِ زوٲسس گمُت۔ ڈرائینگ رۄمس منٛز ہِہتھ اوُسس پنُن بُتھ بے داد سنگار ٹیبلہٕ کس ٲنٛس منٛز درٛینٹھ گژھان۔ ٲمۍ ہِنٛدِس اَتھ بےٚ داد سنگار ٹیبلس اوس رَتھ پژ یڈان تہٕ بارِ وِدوان تہٕ سوٲس یہِ ژھٕپِتھ تھٲہران۔

ٲمۍ ہِنٛدِ شہرٕچہٕ ٲکِس سارِوٕے کھوتہٕ تھٔزِ فصیلہِ پیٹھ اوس واریاہ کال بڑ وٕنہہ اَکھ سونہٕ سُنٛد طوطہٕ تھاونہٕ آمُت یُس کُن لَس تنہٕ پیٹھہٕ ٲچھ درس لجہِ مۄہٕ آسہٕ تہٕ سوٲس طوطہٕ پژاونٕکی خاب وُچھان۔

طوطس ٲس یہِ خاصیت زِ سُہ یُس تہِ اَتھس منٛز پییہِ ہالتس اوس ڈیکہِ پرزلان، مخرج کھسان تہٕ پژتھ کانٛہہ اوُسس رَٹٕزوان، للہِ وان تہٕ پَتہٕ پَتہٕ

پکان۔ طوطہٕ فصیلہِ پیٹھ کھانٛنچ روایت کرٲس تھنہٕ پیٚمٕژ، اَمیُک اوس نہٕ پَے۔
البتہٕ یہِ طوطہٕ اوس مروجہِ قونونو مطأبق شأہی خاندانُک حق دارٕ ے یوت
پرأوِتھ ہیٚکان۔ مگر وارٕ وارٕ اوس رَ ے تِک سوٗنچ بدلیٖومُت ییٚمہِ کِنٛہ وونی
مجبوٗرَن منأدی أس کرٕنی پیوان زِ یہِ سونہٕ طوطہٕ ہیکہِ شہرُک کانٛہہ تہِ نفر
پرٲوِتھ تہٕ راج تاج گرِتھ، ہرگاہ زن یہِ اوس نوِ سونچہِ باوجوٗد پرٲنی سونچُک
اَکھ نوٗ وشأنی تارُک، اِدلکہٕ موٗت گوانہِ گوٗ ٹ، رَئیت أس طوطہٕ پراونٛچ سٗۂ
کران تہٕ ہستی یہِ تہِ سونچان زِ سون فصیلہِ تام واتُن چھُ سبٹھاہ کرٕوٗٹھ مگر
أچھن ہُنٛد طمع۔ خاب أسی توتہِ وُچھان، مےٚ تہِ بوٗزیہِ منأدی، اُسن ژوٗلم
نیٖرتھ تہٕ لوٗکُس پنٛنس کامہِ کارس، میون کار اوس تصویرٕ ٹٲنٛکنی تہٕ کُنہِ شیرنہٕ
سنبھالنہٕ ورأے سوپیش کرٕنی۔ رَ ے تَس منٛز أسم کینٛہہ دیوانہٕ تہٕ کینٛہہ کأری گر
مانان تہٕ یہِ اوُسُس دوشوٕنی خیالن متعلق روپہِ ہنٛز ژھوپہِ کران تہٕ پرٕتھ
ووسہِ دژوسہِ ہنٛز تصویرٕ اوُسُس تھٲرِ تہٕ مسالہٕ کھالنہٕ ورأے بژونٛہہ گُن
ترٲوان۔ خأرپتہٕ گیٚیہِ کأم زِمےٚ بوٗز طوطہٕ پرٲونٛکی ظٲمِن چھُ میأنین دوستَن منٛز
تہِ کلہٕ کوٗ ڈمُت تہٕ یہِ پارَ ے تہِ أسم کنٛن گژھان زِ أکس زِنی موٗزوٗرٕ سُنٛد نیچُو
یَس تبریز ناوچھُ، تہٕ چھُ سونہٕ سُنٛد طوطہٕ پرٲونہٕ باپتھ زِرہ بکتر گنٛڈِتھ دژامُت،
یہِ بوٗزِتھ گوس بہٕ اِدموکھ حأران زِ زِنی موٗزوٗرٕ سُنٛد نیچُو کِتھ واتہِ فصیلہِ ہنٛدِس
تھنٛگِس تام، تکیازِ بچ تہٕ سورپھ آسَن گوٗڈَے ترٲونہٕ آمتی مگر یِیٲری پیٚیم
تاج الملوٗک تہٕ فرہادیاد، فرہادَن ژوٗٹ شیرین پرٲونہٕ باپتھ کوہک وَچھ تہٕ

گُل بکاولی اَنِنہٕ باپتھ لوٚڈ تاج الملوٗکن جنٛن تہٕ دیوَن ستی، بنان چھُ تبریزتہٕ ما ہاوِ جبرٔوت رَرے تکہِ وَچھِ پیٹھی۔ وَیسے تہٕ اوس تبریز رَرے تہٕ چنٛن زیٖوٗن پیٹھ تکیاٗ زِسہ اوس جواٗنی منٛزِ ے بزٔرگی ہنٛدی پرتو ترٛاوان۔ رَرے تہٕ کین دولابَن سنان تہٕ کرٛکہٕ ناد لایان، سُہ اوس دوٗر اندیش تہٕ اخلاقہٕ وول، یِنہٕ پیٹھ تمِی سونہٕ سُند طوطہٕ پرٛاوِنچہِ خاہشہِ ہُند اعلان کوٗرتنہٕ پیٹھ اَس رَیئت توشان تہٕ تبریزس مُتعلق پاریہٕ ستی لُجِ محل خانہٕ کین درَن دیوارن اندر ہسَر تہٕ شاہی تاجکین حق دارن ہنٛدین ڈیگن کھوٗدرٛ ہہ تہٕ لگی وَننہٕ:

"کیاہ اَکس زِنٛی موٗزوٗرٕ سُند نیچو کریا اَسہِ ستی مان تہٕ طوطہٕ پرٛاوِنہٕ باپتھ دِیاتَس رئیت ساتھ......!"

"یہٕ چھُ شاہی خاندانُک توہین......!!"

"یہٕ چھےٚ سراسَر بغاوت......!!"

"سونہٕ سُند طوطہٕ ہوی چیز چھِ پتہٕ وَتہٕ شاہی خاندان کُے یوت حق روٗدی ہتی تہٕ یِم چھِ اَتی لوٗبان تہٕ شوٗبان......!"

"مناٗدی کرنُک مطلب چھُنہٕ زِ رئیت کڈِ کلہٕ تہٕ اَکس زِنٛی موٗزوٗرٕ سُند نیچو ییرِ سونہٕ سُند طوطہٕ پرٛاوِنکی خاب......!"

محل خانن، بالا درین، درَن دیوارن لندَ راٗسی یِمے دَربارلگان تہٕ اَتھی دوران وُوتھ اکہٕ دوہہٕ دربار یومنٛز تشویش باوان اکھاہ:

"رئیت چھےٚ تبریزس نال وٕلتھ تس پتہٕ پتہٕ یکان، ژھاین تہٕ گرٛاین

وُچھان تہٕ رَے تگ وَنُن چھُ زِ تبریزِ پیٚیہ گلوٚ پیٹھِ فصیلہِ تام واتناونہٕ، یُتھ سُہ سونہٕ سِنٛدِس طوطس تھپھ دِیہ"۔

یہ بوٗزِتھ گیہِ محل خانہٕ کین لال جواٰہر وِستی جُرِتھ لبَن تہٕ شرونٛزٕ شرونٛزٕ کرونین رونہِ دامانن ڈنن، کٔنیزن تہٕ غلامن ہِنٛدی کلہٕ نمے یہِ، درباٰری لگی اکھ أکِس کُن ژُرٕ نظرَ وُوُچھنہِ تہٕ پتہٕ ییلہِ پٔرِتھ طرفہٕ تبریزِ سِنٛدِس حقس منٛز رَے تَس اندر گرٛز زوٗتھ، محل خانٕکی دیوار ہلے یہِ، دَرباٰری ژھمے یہِ کیمخاب تگٕ ین، مولہٕ لین جارن تہٕ جاہ وحشمت کین سامانن زَن ہایہِ ژھٹھ پھیر، تہٕ یہِ حال ڈیشِتھ آو یکہٕ حرم خانٕک أنہٕ درواز مُوٗراونہٕ تہٕ سوٗژلیہ رونہِ دامانس شٕرٛ ونی شٕرٛ ونی کران اندر۔ کلہٕ نمیہ، اتھہٕ آیہِ گنڈنہٕ تہٕ نظرن آوحد کرنہٕ۔

ساٰری سے دَربارَس پھٔہلے یہِ مُشکہٕ امبرتہٕ سوٗنٛجِ موختہٕ پھلین ہنٛزِ تسبیح پھِران پھِران وَننہٕ:

"مناٰدی گٔروزِ یہ تہٕ کرِ سونہٕ سُنٛد طوطہٕ پرٛاونہٕ باپتھ فصیلہِ کھسنٕچ کوٗشِش"۔

یہ بوٗزِتھ پھیوٗ ر درباریٚن بُتھِس رنگ۔ کٔنیزو تہٕ غولاموٗ تُلی کلہٕ تھوٗ دتہٕ تمہِ ترٛاو تسبیح ناٰلی تہٕ اشارٕ کوٗرُن ییمہِ اشارٕ ستی دانس دانس محتاج کاوَن ہنٛزِ اکہِ چھوکہِ تُج محل خانکیوٗ خوشٕ نیو قُبو پیٹھٕ کُنی وُپھ تہٕ پھاٗلے یہِ اَتھ وِڈر شہرس منٛز۔ شاٰدی یانہٕ تہٕ شاٰلی تارکھ ہاوٕنی گے شروع۔

تبریزس ییلہ پیٚے لوٚگ، سُہ تھاریوٗ تہٕ فصیل باسے یَس ہیوٗر ہیوٗر

تھدان، سُہ ہیوٗتُن موہوٗس گوٚھُن، دانس دانس محتاج کاوَن ہِنٛز چھوکہٕ آیہٕ تَس بُچھنہِ تہٕ اڑٕ مور کوٚرُکھ، یِتھُے تبریزن ہمّت ہارٕنی ہیٚوٗ، رَے تہٕ سوٚ درن ٹُل سُہ پھیکین پیٹھ تہٕ پھرنووٗکھ ساری ہے شہرس، تبریزن ترٛ وو پھرٛکھ تہٕ گوٚو رَے تہٕ کِس جتہٕ جوشش منٛز مشغوٗل۔

منأدی مُطأبِق وأتی کینٛہہ دوہ گوٚھِتھ اکِہ دوہہٕ آفتاب کھسنہٕ وِزِ سأری فصیلہِ ہِنٛدِس دامنس تل مقابلہٕ گوٚو شرٛوٗع۔

تبریز ٹُل رَے تہٕ سوٚ درَن پنہٕ نین شانَن پیٹھ تہٕ ہیوٗتُن پنہٕ نیو کلو پیٹھی فصیلہِ کُن کھالُن، سو تہِ آیہٕ موختہٕ پھلین ہِنٛز تسبیح نألی ترٛ اوِتھ، کلس اُسس ٹُنٛی، تس اُسی دربأری ستی، دانَس دانَس محتاج کاوَن ہِنٛز چھوکھ تہٕ اُس ژوٗو لأری نشان۔ بڈٕ جاہ و حشمت اوس، سو ژایہِ فصیلہِ ہِنٛدِس دامنس تل زأنٛپانس منٛز تہٕ زأنٛپانہٕ تُلن والبہ ہیٚو سو ہیوٚ رہیوٚ ر فصیلہِ کُن کھالنی۔ فصیلہِ ہِنٛدِس تھنٛگس پیٹھ اوس سونہٕ سُنٛد طوطہٕ نپہٕ نپہٕ کران۔

تبریز گوٚو رَے تہٕ کیو کلو پیٹھی ہیوٚر رہیوٚر کھسان تہٕ رَے تہٕ چ رزِ گیہِ زیٹھان، سو تہٕ اُس زأنٛپانَس کینٛہہٕ ہیوٚ رہیوٚ رکھالنہٕ یوان، تبریز اوس تَس نِشہِ سیٹھاہ ہیوٚر، یتھُے سُہ فصیلہِ ہِنٛدِس تھنٛگِس نِش وٚت تہٕ سونہٕ سِنٛدِس طوطس ستی لِکس اوٚنگجہٕ ٹینٛڈی، رَے تہٕ سوٚ درَن ٹُل وولسنس تِتھ گُنٛے گرز۔ یہ ڈیشِتھ دِیُت دانس دانس محتاج کاوَن ہِنٛز اکِہ چھوکہٕ رعیتہٕ چہٕ رَزِ ژھین، یِیمہٕ کِنٛی تبریز ہیوٚک نہٕ طوطس تھپھ دِتھ تہٕ سُہ آو یوان لاینہٕ۔ رَئیت پییہِ اکھا کِس

پٹھ یون تہٕ تِمن پیٹھ تبریزتہٕ سوآیہٕ زأنۍپانس کیتھ کوہ تھنگِس تام واتناونہٕ تہٕ تمہِ دِژ سونہٕ ہنٛدِس طوطس تھپھ تہٕ پھڑ کھ ترٛأوِتھ تھوٗون سونہٕ سُنٛد طوطہٕ چندَس منٛز۔کاوٕ چھو کہِ تُل گرٛزتہٕ محل خانس آوزوٗل کرنہٕ۔

مگر___از___از أس سوسبٹھاہ شرمسارتہٕ گلہِ نیٛوأ ٔسس گٔمتہٕ تہٕ کیاژاز اوس تس تہٕ تِی گومُت یہِ تمہِ دوہہ تبریزس سپُد۔سوأس ہےٚ بنگہٕ گٔمژتہٕ ڈرائینگ روٗمَس منٛز بِہتھ اوس اَزتس پنُن اعمال نامہٕ بےٚ داد سِدگار ٹیبلہٕ کس أنِس منٛز درینٛٹھی گژھان تہٕ موختہٕ پھلئین ہنٛز تسبیح أ ٔسس پھلہِ پھلہِ گٔمژ باسان۔

☆☆

# گرنٛکھ

تتھ ترٛیتس لوکٹس کرایہٕ کُٹھس منٛز اٲسی تمن ترٛیشن یوہےَ الہٕ گڈی تہٕ ملہٕ گڈی ووتھان۔ تہنٛد اکھ اَکس ستی جنگ کرُن اوس مےٚ پزٕ بتھ وقتہٕ پریشان کران۔ یہٕ اوسُس گابران تہٕ اوریور لاینہٕ یوان ترٛیشوٕ ےنفراٲسی مزاز کُنی بیوٚن بیوٚن۔ اکھ نارو نار گژھان، بیا کھ تہٕ۔ مگر تلہٕ نار نہٕ کینٛہہ۔ ترٛیٚیم اوس سرٕ دتہٕ یخ بستہٕ۔ مگر ہمن دون ہنٛدِ کھوتہٕ تہٕ وُٹکُر۔ ژھوپہ دَم گرِتھ اِنقلابس گوڈ بران۔ یہیمہٕ ستی ہم زٕ توہہ پھلکی پاٹھی تھوٚ دتھوٚ دووتھان تہٕ مےٚ عارقہٕ ژھٹہٕ نیران۔ ساری ہے پانٛس دَگ ووتھان مگر زیوٚ نہٕ کینٛہہ پھوران۔ تتھ ترٛیتس لوکٹس کرایہٕ کُٹھس منٛز اوس یہٕ جنگ واریاہ کالہٕ پیٹھہ پیوٚ پےٚ چلان۔ کینٛہہ دوہ بزٕ ونہہ اوس یمن ترٛیشوٕنی نفرن بجلی فیسک مسلہٕ۔ اکھ اوس ونان:

"بجلی فیس چھُ زیادٕ کھسان، لہٰذا کرٕ وژوٚر۔"

بیٚا کھاوس اتھ صاف نکار کران تہٕ ترٛیُم ژھوپہ دم کرِتھ ہُمَن دون زچہِ ژٹناوان۔ یِیمہِ ستۍ میأنِس سأری ہے وجوٗدس اُدرٕ کھُل گوٗھان اُس۔ تِمَن کیٚاہ، یہِ خوش اوسُکھ گوٗھان تِ اُسۍ کران۔ پرٛژھنَس کُس اوسُکھ۔ سأری ہے محلس تہٕ ضِلعس اوس مے پوان بُتھ دِیُن۔ یُس نفر نارو نار گوٗھان اوس، سُہ اوس شکلہِ کنۍ خوشوُن، اُچھ آسس بجہِ بجہِ تہٕ گوٚن کرٛہُن سِیاہ مَس۔ قدٕ کنۍ لوٚبہ وُن تہٕ بدنہٕ کنۍ شوٗبہ وُن۔ سُہ اوس صُبحس ربہ کوچہِ کنۍ نیرِتھ مند ور بن ہنٛز سٔنٛز کران۔ بوٚڈ بنہٕ ہنٛکۍ ظُلمَن اوس تس کلہٕ کوٚڈمُت تہٕ دوٚیِمس نفرس ستۍ اوس اُتھی پیٹھ لڑأے مِلہٕ وان تِکیازِ دوٚیُم اوس اَتھ کتھِ خلاف، مگر گوڈنیُک نفر کتھ مانہِ ہے ہار۔ سُہ اوس نہٕ پننہِ ہنہِ ڈلان تہٕ بوٚڈبنہٕ خاطرِ ژھوٚنبہٕ کرنچ کوٗشش کران۔ دوٚیُم نفر یُس نار اوس مگر تُلہٕ نار نہٕ کینٛہہ، سُہ تہِ اوس شکلہِ کنۍ خوشوُن، اُچھ آسس بجہِ بجہِ تہٕ گوٚن کرٛہُن سیاہ مَس، قدٕ کنۍ لوٚبہ وُن تہٕ بدنہٕ کنۍ شوٗبہٕ وُن۔ مگر تس اُس نہٕ دوٚلیچ بوٚچھ سُہ اوس نہٕ لاٹری ٹِکٹہِ ہنٛدۍ شہلۍ خاب وُچھان۔ بلکہِ پرٛتھ ساتہٕ زن امہِ رٔنگۍ فر بہہ تہٕ اوسودِ حال باسان۔ سِنہِ روس بتہٕ کھنہٕ وِزِ اُسس فاقے شونٛگن وألۍ یاد پوان تہٕ کٹھ کوٗشِس منٛز اَکے لیف ہوان ہوان آسس سرِ دفٹ پاتھن پیٹھ موم جامَن تہٕ اخبارَن ہنٛز لیفہٕ یاد پوان۔ مے اوس زرٕ زرٕ گوٗھان تہٕ ہَن ہَن چھونان مگر یِمَن ترٛیشوٗنۍ منٛز اُس نہٕ مے زبو۔ ژھوپہٕ دَم کرِتھ اوُسس تھلہِ تھلہِ وُچھ وُچھ موٗمکۍ پٲٹھۍ وبگلان۔ ترٛیُم ییٚخ بستہٕ تہٕ سرِ دنفرتہٕ

اوس شکلہِ کنہٕ خوشوٗن، اُچھ آسس بَجہِ بَجہِ تہٕ کرٛہُن سیاہ مَس، قدٕ کنہٕ لۄتہٕ وُن تہٕ بدنہٕ شۄتہٕ وُن۔ مگر تمی سنٛزن اُچھن منٛز اوس کھوژن زوتان سبٹھاہ ژھۄپ اوس۔ یمہِ ژھوپہٕ ستی گوڈ نکین دون پھاٹوان اوس تہٕ مے اوس زَربرواتان تہٕ ترٛیُم نفر اوس زَن وَنہٕ وۄتھمُت ہیتھے تالوٚ پچہِ گنٛزران۔ پانٔس چۄنگر کران۔ منٛزی منٛزی عجیب پاٹھی اُچھی پھِران زِسہ سنٛبالان اوس مے پانس غش گژھان۔ ہُم زِ نفر آسی اَسن کھنٛگالہٕ ترٛاوان تہٕ ترٛیُم نفر اوس شۄوزدگرِ ھتھ وُٹھن پھسراے کران تہٕ تالوٚس مُدَے گنڈان۔

اکہِ دوہہٕ وُٹھی تَتھ تیتس لوکٹس کرایہِ کُٹھس منٛز ترٛیشوٗنی نفرن رٕنٛز پیٹھ اکہِ گڈی تہٕ ملہٕ گڈی ۔ رتہٕ دأوی گوشنٔے یوت رۄد باہٕچے تہٕ گابرِتھ موژیوس بہٕ۔ گوڈنیک وۄتھ:

"رٕنٛزِ کیازِ کھۄت، یہٕ گوٚو گٹہٕ کار!"

دۄیم لوٚد بتھ تہٕ وۄنُن:

"ہنٛہ بیٚچھ بَتس چھس حال، بےٚ غارت!"

ترٛیمی ترٛووأتھ پیٹھ اسُن تہٕ لوٚگ تالوٚ پچہِ گنٛزرنہِ۔ مگر ترٛیشوٗنی آسہٕ خشمہٕ ہۄٹ اُچھ تہٕ جنگس اُسی زاگان ۔ ہنا گوٚھتھ ژھنی گوڈنکی وُٹھ پھیٚشان پھیٚشان دۄیمس ہُٹس تھپھ تہٕ دۄیمی تہٕ ژھنی یاشاہ گرِتھ گوڈنکس ہُٹس تھپھ تہٕ ترٛیُم لوٚگ تماشہِ وُچھنہٕ مے گوٚو دَم۔ زُوباسیوم ہُٹس تل ووتمت۔

"بیٚچھِ بَتس چھے حال، شکس لد، روپیہِ ٹھِہن چھنٔے دِوتھ وأتِھو"

"پگوٗ ہیاجد الا، ژٔھری تَسلا چھُکھ کران۔ روٗپے چھُ سوٗرُ ے کینٛہہ"۔

گوڈنِکۍ زٕ نفر اُسی اَکھأ رِکس تھٕھ ژٕھنِتھ پامہٕ پام کران تہٕ ترٛیُم اوس بدلے پأٹھی اُسن ترٛاوان۔ بہٕ اوٗسس یہِ حال وُچھِتھ خجل گژھان تہٕ کیٛازِ محلّس تہٕ ضِلعس اوس مےٚ بُتھ دِیُن آسان۔

اکہِ دوہہٕ گوٚو گوڈنِکین دوٚن اَکھأ رِکس ستی خوٗن ریز جنگ شروع بہٕ لوٚگُس وُلٹہٕ پأٹھی داوَس۔ رتہٕ جوٚیہ وَژھہ۔ دوٚیوٚ منٛزٕ اوسنہٕ اکھ تہِ پوٚت ہوان۔ تہٕ اَکھأ رِکس اُسی بے وایہِ رَتھ والان۔ یہِ خوٗن ریزِ جنگ اوس ترٛیُم نفر ژھوپہ دَم کٔرِتھ وُچھان۔ مگر ووٚنی اوس اُمس تہِ بجَن بجَن اُچھن رتھ کھوٚتمُت۔ منٛزٕ منٛزٕ اوس کھوٚژوٗن اُسن ترٛاوان تہٕ دَند چیٛر ان۔ جنگ گوٚو تیزان، بہٕ گوس موژان، یہِ حال وُچھِتھ لوٚگ ووٚنی ترٛیُم تہٕ ہنگہٕ منگہٕ اتھ ٹُلنہِ تہٕ ہکہٕ ترٛاوُن دوشوٚنی تھٕھ ییٚمہِ ستی میانین دیدَن تھٕی دوشوَ ے نفَر شیہلے یہِ تہٕ کرکَن دژاونہٕ سُرِ بَنہِ کاوتہِ گُنہِ، تہٕ ترٛیُم نفَرن ترٛوو پھرٛکھ تہٕ اُسَس کھوٚتُس پوٚس۔ پلوژٕھنیٚ ژٕٹِتھ تہٕ کھوژوٗن اُسن ترٛاوِتھ کوٚرُنس بہٕ پانس ستی لِتھواں دَربازَر۔

☆☆

# وَچھس تل مزار

تِم ترٛے حِصہٕ آمتی زٕ گُٹھی تہٕ سو، یس ووٚنی پٔنٛزٕ تہٕ پرٕ دی ژھانڈان، أنٛدی أنٛدی گتھ کران، مگر سو ووٚنی أ کِس زٕ بنے ہرٚ، اکھ أڈی جہِ کرٛژراتہٕ میٚژِ بنہٕ ستی میٚژ ھاتہٕ بیٚا کھتالوٚس نِش مُدَے گٔنٛڈِتھ بون کُن وُچھان۔

آ۔ تِم ترٛے پِنٛڈِ رگرٛٹہٕ، شُپ تہٕ بہٕ......نہٕ نہٕ......بہٕ نہٕ......، سو پوٚت کالچ مسوَل تہٕ حِصہٕ آمتی زٕ گُٹھی، ترٛے پوٚژتہٕ زٕ ٹوپہٕ......آ......تِم ترٛے تہٕ ہچوٚبن پیرِ ہن پیٹھ یسرِ نِل قرآن تہٕ سو باٹِے ژوولیأرٕ انہِ گٹہٕ مغٔلی محلہٕ چہِ أچھ، أشناون ہٕنٛدی ٹھانٛڈٕ روٚسی أس، کُنہِ نہٕ پٔنُن کانٛہہ، صرف اکھ تصوٗریُس تَس لُکَن توٚمُل ژھٹان پننس ٹاٹھِس تہٕ اتھہِ دژ امتہِ شُچہٕ توٚملہٕ لِومنٛز نظرِ گژھان، اکھ تصور تہٕ توٚملہٕ لِو......خاۓلِق جو......خاۓلقُن خاۓلِق......آ!! تس اوس یاد پیوان، سہٕ اوس تِمی سِنٛزِ میٚژِ بنہٕ ہُنٛد مأٔلِک، ڈبکہٕ، سرتاج، سِرَن

سرپوش، سیاہ سرِ ووجۆ دَس وُرُن، مگر وق چھُ ژلوُن ہوا، سُہ چھُنہٕ کائنسہِ ہُنٛد
تس تہِ پیٚیہِ میٚزِ بنہٕ گُلہٕ پٔنکہٕ پأٹھی ہرِتھ، سُہ دژاوکوٚت تام گُن، تہٕ سورۄٚزِس
لوسہٕ مَژ و چشموسوال کران۔ تژبن پۄٚژن تہٕ دون ٹوٗپین مُدٕ ے گٔنڈِتھ
وُچھان مگر أندی پٔکۍ اوس نہٕ کانْہہ پٔنن تہٕ پَرُد، ژِوواپأرۍ انہِ گوٚٹ تہٕ اتھ
ظلماتس منٛز مٔگٔلہٕ محلہٕ چہِ نارِ ژأنگۍ ہشہِ دزوٕنہِ أچھ زوتان، أشناو، وٕتھی أس،
لیٚدرۍ دنٛد ، ٹیٚچھِ کتھ، مگر توتہِ ہیوٚتُن یٔنٛدرَس ِکرٛچ ِکرٛچ ِکرٛچ ِکرٛچ
گرٛوُھن۔ شُپِس ژھٹُن تہٕ گربٹس ٕگرٕ گرٕ گرٛھُن۔ میٚژ پچبن لچہِ ہٹہٕ کھسنہِ تہٕ
لوٚکچین لوٚکچین پہٕر بن پٹھ لگۍ یسرنل قرانن ہٕنٛدی ورق اورِ یور کرنہِ تہٕ شورگوٚو
کنن گرٛھان۔

یِنٛدرُک ِکرٛچ ِکرٛچ ِکرٛچ گوٚو کنن گرٛھان

گرٛبٹُک ٕگرٕ گرٕ گرٕ گرٕ گوٚو لبن اژان

شُپِیُک شوہوٚ، شوہوٚ، شوہوٚ گوٚو وو تلان تہٕ یوڈان

یاجبارُ یاغفارُ یاستارُ یارزاقُ یاوہابُ یارحیم گوٚو فِضہَس سینہٕ ژٹان تہٕ
لوٚکچین پہٕر بن پٹھ عمہٕ سِپارَن ہٕنٛد بن ورقن پٹھ گیہِ نچہِ نچہِ میٚزِ ٹُجہِ پھیران،
آفتاب گوٚو بُت رأژستی ژۆ رِژھیٚپہِ ِگنٛدان تہٕ وَق رۆد بُتھِ پٹھِ چہِ اوٚش
دَگہِ ہٕنٛدی پأٹھی ژلان تہٕ تس بنےیہِ ناکھ ٹنگس ٹنگہٕ ۂٹ، نبس کھوٚتُس اوٚبُر،
میٚزِ لِکس چاکھ تہٕ گینہِ کھوٚس، سوٗنت کھٔوِس ہردَن تہٕ ِکرٛہنس پپوس زن
اوٹ، مگر، مگر توتہِ رۆد گرٛبٹہِ گرٛبزان، یٔنٛدرژان شُپ ژھٹان، عمہٕ سپارن

ہٕنٛدی ورق اوٕر یور کران تہٕ تٔمی ہٕنٛدی میٚو پنٛجہٕ رۄدی ترٛبن پۄژَن تھہ کران تہٕ
دۄن ٹوٗپٮ۪ن لال جران، کیاہتام آش اَسس تہٕ سو رۄز ژٕلونس وقس ہٕتی
پکن والیٚن ہٕتی پٔدی رلاوان، زنگہٕ نٔرتہٕ نرٕ زنگ واٹان تہٕ پکان، پۄت نظرٕ
دِوان، کَنَن طعنہٕ، ہزٕل تہٕ گیلُن گۄہان مگر توتہٕ گیہٕ میٚو پنٛجن ہٕٹہٕ کھسان تہٕ
نبس اۄبرٕ لنگ ہُران تہٕ پتہٕ ییلہٕ واریاہ وق گوٚ وموچھ منٛزٕ نیرٕ تھا کہٕ دوہہٕ گوٚو
کَنَن وِنہٕ وُن۔ میٚو پنٛجن پھیوٚ رسو خرتار، شرٛ وٕنی شرٛ وٕنی سپُد تہٕ تمہٕ کھالی
ترٛبن پۄژَن پوشی پوش تہٕ کوستام آش اَسس، توے جُرٕن دۄن ٹوٗپٮ۪ن
لال تہٕ پشلٹیو مُت گرٛبٹہٕ گوٚ وگر ہزان، بُڈٕ ینٛدر گوٚ ونژان تہٕ تھوٚ کمُت شُپ رۄد
ژھٹان۔ ترٛے پۄژٕ دژایہٕ تہٕ زٕ پۄژٕ آیہٕ۔ پوشی پوش، رنٛگے رنگ، عطرٕ ے
عطر۔ مگر کیاہ، تس سپُد تمہٕ دوہہٕ یہٕ تجربہ زِ اکھ میٚو پنٛجہ چھنہٕ دوٚیمیُک، ییلہٕ تس
اوٕر آمژ اکھ پۄژ دکہٕ دِتھ ٹوٗپٕ ہتھ ژٕج، مے دژایہٕ ٹوٗپہٕ تھپھ، نہٕ نہٕ، مے نہٕ،
تمہٕ دِژایہٕ ٹوٗپہٕ تھپھ مگر تورٕ آیس ہٕلس لتھ۔ اوٚش بٔگہٕ آس، نبس پھیورُس زردیار
تہٕ بُڈٕ ینٛدرَس پھُٹ ژٕکر، تمہٕ گرٕ ہٕلس تھپھ، دود ژولُن تہٕ دَگ شپرٕن، تس
اوس بُڈٕ ینٛدرٕ تھلہٕ تھلہٕ وُچھان تہٕ کیاہتام ونان۔ مگر سو اَس کَنن تھوٚپ دِتھ
وونی اَکس پۄژِ تہٕ اَکس ٹوٗپہٕ اکثر لوسہٕ مژ وٲچھوٚ چھان تہٕ تمن پھٔچہٕ مژ و
نروٚ ہٕتی تھہ کران، شیران سنبھالان، مگر اَتہٕ گُس چھُ کاٗنسہٕ ہُنٛد، کس چھے کاٗنسہٕ
ہنٛز دَگ، اَتہٕ لیس میٚو بنہٕ پلان سو کھوان بٔنیس میٚو بنہٕ ہنٛز میٚو تہٕ پکان۔ مے
تہٕ گوٚ وتِی۔ نہٕ نہٕ۔ مے نہٕ تس بچارِ گوٚ وتی۔ اکہٕ دوہہٕ ژٕجس دوٚیم پۄژ تہٕ ٹوٗپٕ

ہتھ۔ سبٹھاہ ٚگرِ یہ کرٚیُون، مگر ٹوپہِ دِڑٕس نہٕ اکھ پۆت نظرتہٕ تہٕ پیٚیہِ سپُد اَندٕ
ئکِی لنہِ گۆٹ، سو ہیٚرٕون ہِصہٕ آمتین دون گُٹھین منز ہنا کھوٕڑنی تہٕ مگر توتہٕ
اوُسس وُنہِ اتہٕ پٔتن کانہہ کانہہ باسان۔ ووٕنی اوُسس بُڈ پنٕدرِ صرف
وُچھان، سُہ اس نہٕ نژان۔ تس اوس بجر آمُت تہٕ ژٕ کرتہِ پھُٹرٕو۔ اماپوز
پشلئومُت تہٕ شانٔشہِ لد گرٕ بٹہٕ تہٕ تھۆکمُت۔ شُپ اوس وُنہِ تس حوصلہٕ کران تہٕ
بیٚہِ گۆ وٕٹکہٕ نارن درٕسہٕ دِتھ گر بٹُک ٚگرٕ گرٕ لبن اژان تہٕ شُپیُک شۆ ہۆ شۆ ہۆ
ووتلان تہٕ بوڈان۔ مگر کربلا کِہ دوہہٕ وُژھ شُپس تہٕ بستہٕ تہٕ کانہہ گیٔس
اُدرٕ کھل، تمہِ انیو وشُپ شیرَن وول مگر تھٔکی متس شُپس آسہٕ کانہِ بیٚون بیٚون گمٕ
تہٕ بستہٕ کھلرٔ اٰس الفتہٕ پیمتی۔ شُپی شیرن وٲلی ژھنی دنٕدَس تل اوٚ نٔج تہٕ دژاو۔
تمہِ تژ ووش تہٕ بیٚون بیٚون گۆمُت تھۆکمُت شُپ تژ وُون بُڈ پنٕدرس نِش
أُج وَدنہٕ۔ اورٕ اوُسس بُڈ پنٕدر تہٕ تھۆکمُت شُپ وَدان تہٕ یورٕ بہٕ۔ نہَ
نہَ......سو اٰس یورٕ لوتہِ لوتہِ ودان، عمہٕ سپارَن ہنٕز پیرٕ آسہٕ اَکِس کوٗنس منز
تندلہِ ژٕمتی تہٕ پشلئومُت گرٕ بٹہٕ اوس تس دِلاسہٕ کران، تمہِ ووتھر ووش تہٕ
شانٔشہِ لد گرٕ بٹہٕ لۆگ ڈوٗگر ڈوٗگر دِنہٕ۔ مگر مےٚ اٰس ووٕنی ......نہَ نہَ مےٚ اُسنہٕ
تس اٰس ووٕنی ہٕلس دَگ کران تہٕ سو اٰس نہٕ گرٕ بٹہٕ چلاو وِتھ ہرکان۔ تس اٰس
ناکہِ ٹوپہِ ژلنہٕ وزِ ہٕلس لتھ لٲیمژ۔ اکِہ دوہہٕ ییلہِ تس سبٹھاہ دَگ گرٕن، سو گیہٕ
بُڈ پنٕدرس، شانٔشہِ لد گرٕ بٹس تہٕ بیٚون بیٚون گمتس شُپس اجازت ہتھ ہسپتال،
ہمسایو منٕز اٰسس گٹہِ منٕز گاش اکھ لل دبدا ہسپتال ہتی، تتہِ ہووُن ہۆل تہٕ

''داکھتر'' صأبن ژھنی دئدَس تل اوٚ نٕگج تہٕ ووٚنُس

''خدا! اگر شفا دِیِ سُے چھِے یلاج''......!!

تس پیوٚ وشُپ شیرن وول یاد، ییمی شُپ وُچھِتھ دئدَس تل اوٚ نٕگج ژھنی ٕمو

أس تہٕ سو آیہِ تورٕ پھٔٹ مٔتو کوٗتھو تہٕ لٔج بُڈٕ پنٕدرس، شانٔشہِ لد گرٕ بٹس تہٕ بیوٚن

بیوٚن گأمتس تہٕ تھکٔ مٔتس شُپس کُن وننہِ۔

''میانہِ پنٕدرا......!! ژے پھٔٹے ژٕ کر، میوٚن ٹوٗٹھ شُپ گوٚ وبیوٚن بیوٚن،

گرٕ بٹس کھٔرٕس شانٔش، بُڈٕ یوٗ وتہٕ پشلیوٗ وتہٕ مے تہٕ چھِے کوسہٕ تام لا یلاج

بیمأری ہٕلس یو سہٕ ہباتمہِ دوہہ ٹوٗپہِ تھِھ دِوان لتھ مے ہٕلس آیے یہِ، تتھ چھِے

بنے ٕمژ کوسہٕ تام لا یلاج بیمأری۔ بہوٚ ووٚنی تھکٔ أسی، ووٚنی تژ اوَ ونٕدراہ،

ووٚنی گیہِ أسی ازکار، تژ آوِ ونٕدراہ، دٕیوٚ گنہِ دوہہِ ملٕکلی موت خبرٕ پیہِ تہٕ اسہِ

ژھنٔن نبر......!!

سو أس یِی ونان ودان تہٕ اوٚش أ ٕسس سو گُنٕ ہمسایہِ لل دبد

ووتھران تہٕ پتہٕ کینٕہہ کال گژِھتھ ازِ صبحس وُنی کینٕہہ ژٕیہِ بڑ وٕنہہ بڑ ؤہے ووٚتھ

سأرِ ہے محلس منٛز شور زوٚن دبد مو کلے یہِ۔ مگر کأنسہِ ما پتاہ، زوٚن دبد چھِے

واریاہس کالس مرِتھ از زِندٕ گمٕژ۔ ووٚنی چھُس وٕلی وٕلی یمو ژھٕہ آمتو دوٚیو گٔنٛھو

منٛز نیرٕن، بہ چھُس وُنی کین۔ نہ نہَ۔ سو چھِے وُنی کین تالوٗس نِش وأ ژٕمو

تہٕ تمی ٕسنٛز تژے پوٚژ ژٕ ٹوٗپہِ تہٕ ژپوٚ ژچھِے وُنکین میانہِ......نہ نہَ تمی ٕسنٛز میٛژ بنہِ

أندی أندی تھَپہِ تھِھ کران وائے! ووٚنی ژھنٛھ أمی سُند ٹوٗٹھ پنٕدر، گرٕ بٹہٕ تہٕ

شُپ نبر آنگنس کُن ، جایہِ ژھوٗ چرتہٕ بێیہِ نہٕ کیٚنٛہہ ۔ ہٕنٛہٕ میانہِ شانٛشہِ لدگرٕ بٹُک

......نہَ نہَ ......تمی ہِنٛدِ شانٛشہِ لدگر بٹُک اوہِک لوگُکھ سرٕ انٛک آب وُشناونس ،

ودلہٕ باپانہٕ نیرژوٗ رِتھٕوی تھٕوی تہٕ چھُ پٕنُن عاَب نوٚن نیران ، ودلہٕ باپانہٕ ژیرِ گوٚو

ژیرِ گوٚو ۔

☆☆

# ترٛہیم پہاڑ

کأژاہ عجیب کتھ چھےٚ میأنس کمرس چھُنہٕ زانٛہہ صفأیی کرنہٕ یوان۔ مےٚ پیٚیہِ ووٚنۍ کمپلینٹ کرٕنۍ۔ سارِنٕے فائیلن چھےٚ گرٕدے گرٕدسے ہٕژ۔ پیپر ویٹ کوٚت چھِ غأب گمتۍ۔ اَچھا ترٛاو۔ بہٕ، بہٕ أسس آفِس یوان یِوان کیٛاہتام سونچان۔ ہاں۔ آ۔ یاد پیوم۔ پزۍ پأٹھۍ چھامےٚ وأنٛس پیٚےٚ ہٕژ۔ نہَ۔ نہَ۔ وُنہِ چھُس بہٕ جوان۔ مگر۔ مگر موڈس تَل کیٛا زِ ووٛن تٔمۍ آوارِ لرٕکن مےٚ گُن۔

''موٗدُس، وُنہِ چھےٚ لوٕکٹ باسان''۔

تٔمۍ کیٛا زِ ووٛن یہِ۔ پزۍ پأٹھۍ ہیٛوٚنسہٕ بہٕ ہٕمنز۔ یہِ گُس۔ آ۔ یہِ چھُ ۱۹۷۷ عیسوی چَلان تہٕ میون ڈیٹ آف برٕتھ، یِتہِ چھا کانٛہہ گتھ، پرٕ بتھ مُلأزمَس چھِ زٕ ے تأریخ یاد آسان۔ Date of Birth تہٕ Date of appointment۔ اَچھا میٛون ڈیٹ آف برٕتھ چھُ ۱۹۴۹ عیسوی۔ ہاں تیٚلہِ چھُ مےٚ اَٹھووُہیٛم پہاڑ

کلَس پٹھ۔ مگر بہٕ چھُس تتی ییٚتہٕ گوڈٕ آءسس، صرف چھُس بہٕ نوکری لٲگمٕژ۔ بس یُہے فرق چھےٚ آمُت۔ سۅنٛچمت اوسُم مےٚ تہٕ پھولہِ باغ مگر تہٕ سپُد نہٕ، اَتھ منٛز چھُنہٕ مےٚ کانٛہہ قصوٗر۔ میٲنی گرِکی چھِ عجیب۔ کُنہٕ جایہ چھِنہٕ مےٚ نیٚتھر ہبکان گرِتھ۔ یہٕ چھےٚ تہنٛزٕ ے کٲم۔

موج چھَم ونان آسان:

''شاہدس کرِتھکِتھ نیٚتھر یُتھ سأری ڈیکہٕ نرِ دِتھ وُچھَن''۔

مول چھَم ونان:

''شاہدس کٔیت چھُس بۅ ڈبارٕ خاندان ژھانڈان''

تہٕ بوے چھَم ونان آسان:

''پننہِ بینہٕ کرٕ کانٛسہِ تھٕدِس ڈاکٹر یا انجینٔرس ستی نیٚتھر''۔

سورُے اپزٕ، بکواس، وُنیٚکتام آسہے نامےٚ نیٚتھر سپُد مُت۔ یم چھِ بڈٕی لُکھ تہٕ بڈٕی گرٕ ژھانڈان۔ مگر یپٲری چھُس بہٕ دوہ کھوتہٕ دوہہ پپان، راتھ تام اوسُم کرٕ ہُن بۅ مبرٕ ہیوٚمَس مگراز چھَم مستَس منٛز زن روپہٕ سنٛزٕ تارٕ چمکان۔

''شاہدہ جی.........صہ، صَحب چھِو یاد کران''۔

''او، قہ، قٲدر خان، ژٕ وُچھ سہ میأنس کمرَس چھُنہٕ زانٛہہ صفٲیی سپدان''۔

''کہِ، کہ، کیاہ ھَض ونان، صفٲیی نہٕ سپدان''۔

''بلکُل نہٕ قٲدر خان، یٚکیاہ وُچھ فایلَن گرٕدٕ''۔

''اَچھا، میڈم، تُہۍ گوٚھو صحب ہِندِس کمرس منز، تو تام کرناوِ بہٕ صفأیی،

اَچھا بہٕ دزٛ اَسو''......!!

''دزٛ او۔ قأدر خان تہٕ کوتاہ عجیب چھُ۔ تھٕہے چھُنہٕ ٹلان۔ یتھ آفس

منز چھُنہٕ سونچنگ موقے میلان۔ سونچ تہٕ کینٛہہ تہٕ صحبہٕ سُند ناد۔ پکھ سہ پانا۔

گوڈٕ گوٚو صحبس نِش ڈِکٹیشن رٹُن تہٕ پتہٕ سونچو۔

..................

''ہے ہے شاہدہ جی ساأرے چھکھ بر نہٕ آمٕژ، چھٕتر گوٚھ ناستی اأنٛز''

''قأدر خانارٕ دلوگن وَنتہٕ، چھٕتر کتہٕ انہٕ ہا، ٹایپ رایٹرٕ کمی چھُ نیوٚمُت؟''

''تُہۍ اأسی وِراتھ چھٹی پتھ، ہیڈ کلرک صأبَن تو را اپور''......!!

''تارٕ ولی وٕلی، صحب آسہِ پکان۔ مےٚ چھِ کینٛہہ ضروٗری ڈِکٹیشن ٹایپ

کرٕنی''......!!

''اِدحض، ییکیا ہ تارٕ''......!!

دزٛ او کوتاہ جان چھُ یہِ قأدر خان، یتھ وأنسہِ منز تہٕ چھُ سکنڈن منز کأم

کران۔ کامہِ ژوٚر چھُنہٕ۔ بَس کامہِ منز مشغوٗل۔ بچوٚر سبٹھاہ غریب چھُ۔

بوٚ زمُت چھُم ژور کورِ چھَس۔ تِہندِ خأطرٕ آسبس أندری دَم گوٚمُت خاص

میأنی پأٹھی۔ فرق چھُ صرف یہِ زِ مےٚ چھُ پننہِ کھاندرٕ خأطرٕ تہٕ أمِس کوربن

ژون ہندِ خأطرٕ، کُنہِ کُنہِ وِزِ چھَس سونچان۔ میأنی گرِکی کوتاہ غلط چھِ

سونچان۔ تِموچھُ ڈاکٹر تہٕ اِنجینیر و ورأے سونچنےٚ ترٛوومُت۔

''یہِ گۄ وشاہدہ.جی ٹایپ رایٹر، صَحَب آیہ، تۄ ہہِ چھِو یاد کران''......!!

''عفو خودایہ ، یہِ صَحَب تہٕ کوتاہ تنگ چھُ کران۔ پکھ سہ قادر خان ترٕس''......!!

از چھُ ۱۹۷۸عیسوی ؤری یکہِ گوڈنکہِ رتھُک دۄیم دوہ تہٕ یہٕ چھُس وُنہِ انہٕ ہٕرِش۔شاید سپدِ نہٕ مےٚ کھاندرے زانٛہہ، ژور دوہ بڑ وُنہہ اوس أکِس ڈاکٹرُ سُند رشتہٕ آمُت ، مگر گتھ اند ے یہِ نہٕ کینٛہہ ، کتہِ انٛدِ ہے۔تِمی ہِنٛدی گرکی أسی داجہِ علاوٕ Cash منٛگان۔مول کوتاہ سادٕ چھُ مےٚ۔آمدنی چھُس سبٹھاہ کَم۔مگر میانہِ کھاندرٕ خأطرٕ ڈاکٹرن ، بڈٕ ہن بزنس میٖن تہٕ انجینٖرن ہِنٛدی خاب وُچھان۔ یہٕ تہِ کأژاہ احمق چھُس۔یہِ سورُے کینٛہہ چھُ میانہِ بجأیی خأطرٕ سونٛچنہٕ یوان۔مول موج چھُم سونٛچان زِ أمِس گۄژھ جان عوہدٕ وول خاندار آسُن۔تھدِ خاندانک آسُن ،تہنٛدِ خأطرٕ چھُ میون کھاندر نہٕ ستہِ ہُنٛد سوال بنیومُت۔پننہِ کنہِ چھُم مول موج تہٕ بوے سخ کوٚشِش کران۔مگر وَق چھُ زالبو منٛزی بے وایہِ ژلان۔وا ے ۲۹ ہٕیم پہاڑتہٕ پیوم کلس تہٕ توتہِ چھُس تتی ییٚتبتھ گوڈٕ أسس۔ أٹرکرژلہِ یہِ کھُر۔پرٛس سپُد میانہِ ویٚسہِ شاہینَس تہِ کھاندر۔سو تہِ چھےٚ کلرک تہٕ خاندار تہِ چھُس کلرک۔میانٮ۪ن تہٕ شاہین ہنٛن گرِکین ہِنٛدِس سونٛچس منٛز کأژاہ فرق چھےٚ۔کیاہ شاہینہٕ ترأوا گرِ کیو مُصیبتس منٛز۔نہَ۔نہَ ، زِ ے ربتھ بڑ وُنہہ سمکھیہِ مےٚ۔کأژاہ خوش أس۔پمپوٚشکی پأٹھی أس پھوٚ جمۄ۔تتھےٚ مےٚ کہنی ٕہنی گرمَس ادٕ ۆ ژھم:

''شاہدو، یہٕ چھُس پانس برابر نوکری وألِس خاندارس ستی سبٹھاہ

خوش۔ کڈان چھِس لُطفہٕ سان دوہا دوہا......"!!۔

شاہینٕس ہِنش یہِ جواب بوٗزِتھ گییس بہٕ حأران تہٕ تہٕ خوش تہِ......"!!

"مِس شاہدہ! تُہیٚ کیاہ پانسے ستیٚ کتھ کران۔ خأرے چھا......"!!

"کہِ، کہیں نہَ۔ کہیں نہَ۔ دراصل أسس فایل ژھانڈان......"!!

"اچھا۔ دراصل گرمے گُستأخی اِموکھ زِ سارِوے روٗٹ تنخواہ مگر تو ہہِ نہٕ......"!!

"مےٚ روٗدنہٕ خیالے۔ یمہٕ فایلہٕ تہٕ ڈکٹیشن کرچھِ مےٚ تھٚھ ٹلان۔ بس پانژن مِنٹن منز ترٕس بہٕ Pay رَٹنہِ......"!!

"وٗلی وٗلی پہن، تِکیازِ اکاوٗنٹ چھُم کلوز کرُن......"!

دژاو۔ ٹھیکھے اوس ونان۔ بہٕ چھس وِزِ وِزِ پانسے ستیٚ کتھ کران آسان۔ کأنسہِ کیاہ پےَ أخر بہٕ کیاہ چھس سوٗنچان آسان؟ یہِ گژھ چھنہٕ میأنس جوٗنیر ٹایپسٹ نذیر احمدس تہِ پےَ حالانکہِ تمہِ کرِ تہِ وُچھس بہٕ واریاہ لٹہِ پانسے ستیٚ کتھ کران۔ نیرباپانہٕ پے کولیکٹ کرنہِ۔

......................

"شاہدہ جی.........؟"

"کیاسہ قأدر خان!"

"ہُہ حٔض، نذیر احمد نا، دپان چھُہ کانہہ کاکد ماچھُ ٹایپ کرُن......"!

"آ، کینہہ چِٹھ چھےٚ ٹایپ کرنہِ، یُہ رِ وٗنی توس ترٕن......"!

''اِدھَس......''!

''دژاوقاؔدرخان۔ یَتھ آفِسس منز چھِ مےٚ ژٕ ے نَفر خوش کران۔ اکھ قاؔدرخان تہٕ دوٚیُم جوٗنیَر ٹایِپسٹ نذیر احمد۔ مےٚ چھُ قاؔدرخان شاید اِو موکھٕ پسَند، نہ شاید لفظِچ چھنہٕ کانٛہہ گنجایش۔ قاؔدرخان چھُ مےٚ اِو موکھٕ پسند تکیازِ سُہ چھُ سمجھِ وول بُزرگ، کُنہِ معاملس منز چھنہٕ زنگ ژھنان تہٕ جوٗنیَر ٹایِپسٹ نذیر احمد چھُم اِو موکھٕ پسَند، سُہ چھُ اکھ شریف نوجوان، مےٚ تھِی گلٕی گلٕی گژھان۔ زانٛہہ نہٕ اَچھ تُلان۔ ہاں، ہاں بہٕ کیٛاہ چھُس یہِ سونٛچان، مےٚ ......مےٚ پزِ نہٕ کانٛسہِ نوجوانس مُتعلق کینٛہہ سونٛچُن۔

''مے آئی کم اِن پلیز!......''!

''وٕلو، نذیر صاب، ہٕو یور کُن......''!

''نہَ نحفس بہٕ بہمنہٕ، تُہۍ دِیِو چِھٕ تہٕ بہٕ سوزوٕ ٹائپ کرِتھ''۔

''توٚہۍ چھِو بڑٕ مند چھان، کینٛہہ چھنہٕ پرواے''۔

''بہٕ، نہَ، نہَ، توٚہۍ دِیِو چِھ، وٕنۍ سوزوٕ ٹایپ کرِتھ......''!!

''ٹھیک چھُ، مگر پگاہکِہ، پیٹھٕ چھُ توٚہِہ پیٚتی یہُن۔ پتُن ٹایپ رایٹر تہٕ گژھِ تارناوُن۔ تہٕ کیٛازِ زیادٕ کاؔم چھُو توٚہِہ مےٚ سٟتۍ آسان......''!

''ٹھیکھ حَس، پگاہ تر بہٕ یِٕورِ......''!

''رٕلو یمہٕ چِھٕ سوٗزِ وٕ ٹائپ کرِتھ صحبَس......''!

''اِدھَس، اچھا، ترٕو......''!

دڑاو، کوتاہ جان، شریف ، سیوٗ د......ہاں، بہٕ کیاہ چھُس یہِ ونان۔ کأنسہِ ماہوٗ ز، مےٚ پزِ نہٕ یہِ سوچٕنۍ......"!

یہِ چھُ ۱۹۷۹ عیسوی تہٕ جنوری رِبتک ژوٗرِیم تأریخ۔ واے! میأنِس کلَس چھُ ترٕہیم پہاڑ پیوٗمُت۔ مگر بہٕ چھُس ازتہِ لنہٕ ہُرِش، میأنۍ ......میأنۍ گرٕ وأنی کرتژاوَن یہِ تھَد بن گُربن کھُسن۔ کرتھوَن تم زمینس پیٹھ کھور۔ آفسہٕ کہِ ییمہِ کمرِ منزٕ دڑاوٕنۍ قأدر خان فایلہٕ ہیتھ۔ ییلہِ مےٚ کوربن ہندِ کھاندرُک پُرژھ مس تورٕ وۄتھُم:

"شاہدہ جی پےَ چھُیہِ مےٚ رِکتھٕ کوٚرتربن کوربن کھاندر۔ کانٛہہ لین دین نہٕ، نہَ کانٛہہ فرمأیش!"

"خدایا......کاش، کاش قأدر خانۍ آسہے مےٚ مول......"!

............

یہِ ربتھ چھُ جوٗن۔ کأژاہ فرق آیہِ ییمَن رِبتَن منزٕ۔ میأنۍ سوچ بدلے یہِ۔ ووٗنۍ چھُس بہٕ پزٕ بتھ وقتہٕ خوش آسان بہٕ چھُس پمپوٗشکی پأٹھی پھوٚلِتھ، تکیاز بہٕ نہَ ووٗنۍ صرف شاہدہ، بلکہِ شاہدہ نذیر۔

☆☆

# ترٕژھے سولہٕ

کوسہٕ تام وارأس۔

مگر بہٕ ییتہِ وُنی کبس چھُس، ییتہِ چھُنہٕ وارٕ ے، نتہٕ ماچھےٚ۔ تتہِ أس
کوسہٕ تام وار بہٕ اوسُس زِندَ ے، نہَ سہ نہَ بِلکُل غلط۔ یہِ وُنی کمِن مےٚ پتاہ
چھےٚ مےٚ پزِ تِی وُنن بہٕ اوسُس مۆ دمُت تہٕ کینٛہہ مۆ دیٚمتی انسان أسی مےٚ ستی
ڈلَس منٛز گاڈن رأچھ کران۔ تمہِ دوہہ پتہٕ ییلہِ دوہ گۆ وگٹہٕ بزُی بہٕ ووتُس وارٕ
وارٕ پننہِ ژُلبکِ قبرِ منٛز۔ اتہِ أسی میأنی زِند، نہَ سہ نہَ بیٚیہ گۆ وغلط، اتہِ أسی میأنی
مۆ دیٚمتی شُری، زنان تہٕ موج۔ بہٕ ژاس گٔٹھس منٛز پھرٕ کھاہ ترٛ ووُم تہٕ بیوٚٹھُس
ڈۆ کھاہ دِتھ۔ دوہَس اوسُس فرہادٕنی پأٹھی سبٹھاہ تھۆ کمُت۔ سأری سے
پانس أسِم بدلٕے دَگ۔ فِکری تۆ رُم نہٕ سو کوسہٕ سَنا دَگ أس۔ امہِ پتہٕ کینٛہہ
ژِہی گۆھی تھےٚ گوس بہٕ اۆ ری نہٕ یۆ ری زن آفتاب وۆتھ سبٹھاہ بون۔ سورٕ ے

گوٚ وامکہٕ تۄرٕ ستی سبٹھاہ توٚت ۔ مےٚ باسیوو زِ سورُے دُنیا چھُ دزان، موٗ دی ہتی شُری، زنانہٕ تہٕ موج آم أندی أندی تہٕ لَگِم کٹھٕ ہشرٕ وأ چھوٗ وچھنہٕ ۔ یہٕ اوسُس سپنس تھپھ کُرِتھ ۔ مےٚ باسیوو زَن میانین أچھَن پیٹھ ترٛ أوِ کھ وُنلہٕ ہۄرٕ اکھ ژادری پٹا أتھی منز گیہٕ مےٚ زِ حصہٕ تہٕ یہٕ گوس ہنگہٕ منگہٕ زندٕ ۔ وُنلہٕ زَن لوٚگ دتُر مےٚ آیہٕ أچھ مُژرنہٕ ۔ میانہٕ زنانہٕ تہٕ ماجہٕ ہیوٚت مَس کڈُن ۔ موٗ دی ہتو شُر بولوگ وَدَن وان ۔ أتھی منز لوٚگ مےٚ گُس تام ہیوٚ رگُن لَمنہٕ تہٕ یہٕ ووتُس تالوس نِش آواز آیَم:

''پکِو ووٗنی نیرَ و......''!

یہٕ کھوٗژُس، شُربن ہندبن مورِد بُتھین کُن ترٛ أوِم نظراہ، شرٛ اکہٕ وژھم ۔ أش گنڈ پھٹم، أش پھیری دژایہٕ أچھَر والَن أدران أدرانِ نبر تہٕ بُتھِس پیٹھ ژٕ جلکھ کھر بونہٕ پییہٕ تھر میےٚ پیٹھ ۔ بییہٕ آیَم آواز، لمہٕ لَم گَیم بییہٕ شروٗع تہٕ یہٕ لوٚگُس سونچنہٕ ۔ یہٕ آواز زَنِ زانَن یہٕ کتہٕ تام مگر یاد پیوم نہٕ کینٛہہ ۔ مےٚ دِژ ماجہٕ کُن اکھ نظر سو بُجم زن از موٗ نڈ گمژ ۔ ووشا ترٛ ووٗم ۔

وَقتَس ستی ژٕ مےٚ تہٕ لَمہٕ لَم ۔ رژھا گیہٕ واریاہ موٗ دی ہتی ہمسایہٕ تہٕ أشناو گیہٕ جمع ۔ مےٚ ژوٗل اَسن کھنگالا نِر تھ ۔ حالانکہٕ مےٚ پَزِ ہاوَدُن ۔ امہٕ پتہٕ دِیتُگ رٛشیدس سرٛ ان ۔ آواز آیہٕ بییہٕ تہٕ اَسَن کھنگالس ستی لِج وَنہٕ نہٕ:

''پکِو زِندَن دِوان مورِدس ان......''!!

مےٚ وُژھ ساری سپے پانس تھَر تھَرِ ہنا گوٗ ھتھ سَےٚ لَمہٕ لَمہٕ پتہٕ نیوٗنس نبر

کڈِتھ بہٕ گوس ہیوٚر رہیوٚر کھسان۔ مۆدی ژَتھن انسانن ہنٛدی سأری راز

سپد یِیم مولوٗم۔ پانہٕ سیٖتۍ لۆگُس ونہٕ:

''بہٕ چھُس اکھ بۆڈ بارٕ شخص''۔ میانِن خیالَن اُنٛج کھۄہرن تہٕ یِمَن

لۆگ پوٚچھر وار یاہ بژ وتھ پکِتھ زَن گوٚ وسورُے غأب تہٕ مےٚ اُنٛج ترٛیش۔ مگر

أنٛدی پکۍ اوسنہٕ کانٛہہ تہِ۔ صرف أکھ آواز یوان:

''پکِو جَل جَل ژ زیرِ کیازِ گوٚو، اسہِ چھُنا مۆژلس واتُن......''!!

آواز گیہِ بند تہٕ مےٚ وۆنُمس۔

''ژٕ کُس چھُکھ؟ مےٚ چھُکھ نہٕ بوزنَے یوان۔ چأنۍ آواز چھا مردٕ سنٛز

کِنہٕ زنانہٕ ہنٛز......''؟ آوازِ ترٛ دواَسن کھنٛگالہٕ تہٕ وۆنہٕ نم۔

''پکِو! پکِو! یِیلہِ أسۍ مۆژلس پٔتھ واتو، توہہِ لگہِ سأرٕ ے پتاہ توٚہۍ وِ چھو

مےٚ......''!

یہِ بۆزِتھ ترٛ دومےٚ وۆشاہ تہٕ لۆگ سَس ونہٕ نہٕ۔

''مےٚ اُنٛج سخ ترٛیش وِتھ چھِم پھیشان۔ اکھ ترٛیشہِ داماہ گوٚ ژھم......''!

آوازِ کوٚر بڈٕ بڈٕ ''واے'' مگر جواب دِیُن نہٕ کیٚنٛہہ بہٕ گوس نااومید تہٕ

وُ دأسۍ لمہٕ لٕگیم ہنا تیز۔ امہِ پتہٕ کوٚ ڈمےٚ وار یاہ مۆژلہٕ مگر ووٚتُس نہٕ کُنہِ انٛدس۔

ژووأپأری وأرانے وأران۔ خوشِکھ زٔمین تہٕ کھوژٕوۍ جنگل تہٕ بجہِ بجہِ کنہِ۔

نہٕ آواز تہٕ نہٕ کانٛہہ وۆجوٗد۔ ووۍ أکھ ژٕ ہ کانٛہہ آواز تہِ کنٛن گژھان۔ زن

سأری وۆجوٗ دمیانہِ وۆ جودٕ ورأے نارٕ بۆزۍ گمتۍ۔ گرٕ پیوٚم یاد۔ ہمہٕ وم پھیرُن مگر

پھیری تھے ہیوٚ گُس نہٕ۔لو تہٕ پأڑھی اوسُم پھوان بڑ وٹھ پکُن۔ أتھی ژھڑ بےٕ
ژھڑ بےٕ منز گوٚ ووار یاہ وَق مےٚ باسوٚ زِ پکان پکان چھسے مےٚ گۄموٚ پچہٕ کھُنڈ۔ زیو
چھُم دژ امِرٕ پھٔنِتھ، أچھ چھُم ژاٮ۪رٕ اوٚ تے۔ سوٚنچان اوسُس شاید چھُ یہٕ اَکھ
بے معنے تہٕ بے مقصد سفراہ۔ وارِ وارِ پھِرِ نأوِم گردَن، مگر پدٕ بن ہندی نشانہٕ تہٕ
أسی نہٕ کُنہٕ تہٕ بہٕ گوس پاگل ہیوٚ۔ منزی اوسُم باسان نہٕ چھُم کلہٕ نہٕ پان، نہ، نرِ
تہٕ نہٕ زنگہٕ۔ منزی اوسُم باسان بہٕ چھُس سرِ ثوٚبوٚتھ پکان تھٔکی تھٔکی تہٕ ژھینی ژھینی
پکان پتہٕ تیٚلہِ بہٕ آنٹھ روٚ ستے پوٚ گُس أ کِس جایہ آم ہوٚ ٹک اکھ خوشہٕ وُن
دکاہ۔ زندگی ہش پھیرِم تہٕ پکان گوس۔ سورٕے موٚشُم امہِ پتہٕ وُچھُم کُلی کُلی تہٕ
پتہٕ اَکھ شہرا۔ أچھن پھیوٚ رُم گاشہ تہٕ کوٚ ٹھِن ہوشا ہیوٚ۔ اتھ شہرس منز أسی واریاہ
لُکھ مگر مےٚ ہیتی گر نہٕ کأنسہِ تہٕ کتھ۔ مےٚ سوٚنچ بہٕ چھُس اکھ نوٚ واہ، مےٚ کتہِ
زانن ییم۔ بڑ وٹھ بڑ وٹھ گوس پکان تہٕ أ کِس پوشہِ باغس منز أژِتھ کوٚ ڈُم
تھکھاہ۔ نیٚنڈر ریِیم۔ کینژہہ وقت گوٚ ہِتھ گوس ہُشار۔ اکھ مُری دیا ڈُم شخصاہ
وُچھُم میأنِس کلس پٮ۪ٹھ اتھِ تھأوِتھ۔ بہٕ وۄ تھُس وٚلی وٚلی تہٕ سیوٚ دبیوٚ ٹھُس، سُہ
وُچھُم تھلہِ تھلہِ وُچھان۔ مےٚ وۄ نمس توہہِ کیاہ حض ناو؟ سونچا گرِتھ وۄ نُم

"مےٚ چھِ تُلسی ونان......"!۔

یکدم پھوٚ مےٚ تُلسی داس یاد تہٕ لوٚگُس أمِس کُن ونہٕ:

"تہندٕ پوٚ رنا و چھا تُلسی داس......؟"

یہٕ بوٚ زِتھ دِیٚت تمی ڈبکس پھٔشا۔ مےٚ تورِ فکرِ تہٕ لوٚگُس ونہٕ نہٕ۔

''توہہِ اوسوٚتیلہِ وۄنمت زِ زمین چھُ لاگن والین ہُندہ تہٕ تہنٛدٕ ے روزِ''۔

بہٕ کتہِ بوزٕ ہایہِ اَسہِ چھُ تیل بَلہٕ زمین سہ اوس نیوٚمُت أکی زمین دارَن ۔ میٚون مول اوس وَنان کمی تام بُزرگ تُلسی داسَن چھُ وۄنمت

''زِمین میلہِ لاگن والین......''!

سہ میوٚل ووٚنی لاگن والین ۔ تُلسی داس جی! اَسہِ تہِ میوٚل زمین تہٕ تمہِ پتہٕ ترٛأومےٚ سرکأری نوکری۔

بہٕ اوسُس گاڑ راکھ تیل بَلَس منٛز ۔ گاڑٕ راکھ ونان پیٚیہِ مےٚ نوٚر یاد ۔ وتچھِ وتیچھ أچھی ووٚزلی ووٚزلی وُٹھ ۔ وأنکی دار کرٛہُن مَس ۔ بہٕ اوسُس گاڑ راکھ تیل بَلَس تہٕ تتہِ نوٚرأ رکس گاڑٕ کٔنی واجنہِ گاشرِ ہنٛز کوٚر ۔ نوٚرس اوس میٚون سرٛ یہہ تہٕ مےٚ اوس تمی سُند ۔ أسی أسی زوٚنہٕ رأژن منٛز یکہٕ وٹہٕ آسان کھِلی ؤتھرَن ءستی اسان تہٕ رِگنداں تہٕ ناوِ منٛز دوٚر دوٚر چکر کران ۔ مگر پَتہٕ کینٛہہ کال گژھی تھےٚ روٚز نوٚر کھاندرٕ برٛوٚنٹھے گو بہِ کھور ۔ مےٚ وۄن مأئلس بہٕ کرٕ نوٚرِ ءستی کھاندر مگر سہ گوٚ ونہٕ رأضی ، دوٚپُن نوٚر چھےٚ گاڑ واجنہِ ہنٛز کوٚر میٚون نیچُویٚنےٕ ژٕ گاڑ راکھ سرکأری مُلأزِم ۔ بہٕ کیاہ ونہٕ ہامأئلس ۔ نوٚر رِیوٚ زیہِ تہٕ سبٹھاہ وۄدُن تہٕ کھیٚون زوو دوا ۔ کأنسہِ لیجٕ نہٕ خبرٕ ے نوٚر رِکتھ مویہِ ۔''نوٚری ۔ نوٚری''!

مےٚ ژٕج تمہِ دُہکی پأٹھی کرٛ کھیٚرتھ ، نظر دِژٕم تُلسی داس اوس گومُت ۔ دوہ اوس نِصف موکہٕ لیوٚمُت بہٕ وۄتھُس تھوٚ دلوٚگس یکہٕ آبأدی کُن ، أ رکس

جتگلس کُن، تیل بلُک آب اوسُم یاد پیوان تہٕ کرٕکھ اَسم ژلان نیرِتھ:

"نۆری.....نۆری"۔ بۄ وُنہہ بۄ وُنہہ گوس پکان۔ گلی گلو، باغے باغ، ییلہِ یہ پۆگس ییہِ ہَنا بۄ وُنٹھ تہٕ اَکس جایہِ وچھم ترٛٹھے سولہٕر دروازس پیٹھ اکھ زنانہٕ بہتھ۔ اَمِس بۄ وُنٹھ کنہِ اَکھ لوگٹ موگٹ پوشہِ گلاہ۔ سوزنانہٕ پانسے ستی ونان:

"سُہ ییہِ وُنی، مےٚ اوٗن نا یورتام، پکان آسہِ۔ سُہ پہچانہِ ترٛٹھے سولہٕر، یوسہٕ اَسی بناوِنی یِژھان اَسی......"!

یہٕ آس بۄ وُنٹھ پہن تہٕ مے پیو یادیہِ چھےٚ سوے آواز یوسہٕ مےٚ وَتہِ وَتہِ وَنان اَس:

"پکو! پکو، منٛزلس واَتتھ لگہِ توہہِ ساَرے پتاہ توٚہی وچھو مےٚ......"!

مےٚ ژٲج ییہِ کرٕکھ نیرِتھ: "نۆری.....نۆری.....نۆری ......"! تہٕ دوریوٚس اَمِس کُن۔

☆☆

# میزان

قصہٕ آسہے گوڈٕ تِس پیٹھے اَنٛد وۄتمُت، مگر تہِ ہیوٚ کنہٕ سپدِ تھ۔ تِکیازِ وُنی کینٛہہ ژِ یہِ برٛونٛہہ نِیوٚتمی کٕنکہٕ پھوٚل نَبٕنگاوِتھ تہٕ وونی سپُد سُہ کھوژِونیو وَنو تہٕ بالو۔ کٔنی ژٕلی ژٕلی مےٚ برٛونٛہہ کنہِ شوٗزد ہیوٚ اِستادٕ۔ بہٕ لوٚگُس أنٛدری اچھٕنٛج کوٗشِش کرنہِ زِ سُہ لوٚگ مےٚ گُن کٹٕہ چشمَو وُچھنہِ۔ مگر بہٕ وبگلیوٗس نہٕ تِمن شِنہٕ مانٛمن ہِنٛدی پٲٹھی یمہٕ ساسہٕ بدبو وٕری یَو پیٹھٕ کنہِ بٕلیمٕژ چھےٚ۔ تِمی ہِنٛژن أچھَن منٛز پٔری مےٚ لیچھِ بٔڈی سوال، یِمَن ہُنٛد جواب مےٚ نِش تہِ چھُنہٕ۔ تو تہِ تھٕوٗ مےٚ تھٕز تہٕ لوٚگُس پیٚرِ ڈٲری کرنہِ۔ سُہ ژمیوٗ وَتھے پٲٹھی یِتھٕ پٲٹھی شُری ہِنٛدِس اَتھَس منٛز تماشہِ ژمان چھُ۔ أمی سُنٛد یہِ زوال وُچھِتھ آو مےٚ اَکھ لُطفا، مگر یَڈٕ برِتھ لُطفانہٕ کینٛہہ، اَوٕ موکھٕ رٔٹ مےٚ أمی ہِنٛز گردَن لَتَن تَل، زِ کرٛٔبکھ ژٕجس نیرِ تھ، دم گوٗس، سوال بٕرٕ ژٕ أچھ دژ ایس پھٕٹِتھ تہٕ مےٚ تٕرٛ ووٗئی وٗلی یَلہٕ، تَس ژٕج بیٚیہٕ گُنی کرٛٔبکھ نیرِ تھ، یوسہٕ کرٛٔبکھ میانہِ باپتھ بَڈٕ مٕز دار روٗز۔ تِمی سنٛبول دم تہٕ مےٚ کوٚر آزاد۔ سُہ لوٚگ بےٚ وایہِ ژلنہِ تہٕ ژلان روٗ دگر پٕژ بتھ

جایہِ مےٚ ڈ ٖیشتھ آوسہٕ أکس جایہ پٔتھر لاینہٕ تہٕ بے ہوش سپُد۔ کینٛہہ ژٕیہٚ گٔنڈ رِتھ مُوٗراوِی أچھ تہٕ کلہٕ نوٚمرِتھ لوٚگم ہوٚ ٕ تھمتی وُٹھ کٔمہٕ لاوِتھ زارٕ پارٕ کرنہِ۔

''یہٕ کیاہ کرٕوونی ، کوٚت گژھہٕ؟'' ......!!

مےٚ ترٕووا اَسِن کھنٛگالہٕ تِکیاز ِأمی سُند زارٕ پارٕ کرُن تہٕ بے بس سپدُن چھُ مےٚ خوش کران۔ مےٚ چھُ اپٕز ادیٖنٛ خوش کران۔ مورٕدُم آزٲری کرٕنی چھم سخ ٹاٹھ۔ مےٚ تھوٲی ہشِز گردَنہِ پیٹھ پٔنٕز گوٚب لتھ زِتٕس ژٕج گوڈٕ کرٕ ہکھ نیرِتھ تہٕ پتہٕ لوٚگ چھوکہٕ لدپازٕ ہنٛدی پاٹھی ژھرٕ ژھرٕ تہٕ ژھرٕٹ کرنہِ۔ یِتھے تس زُو لوٚگ نیرنہِ، مےٚ تُل تٔمی ہشِز گردنہِ پیٹھ پٔنٕن سارٕوے کھوتہٕ گوٚب کھورتھوٚد، یُس کھور سارٕوے پہاڑو کھوتہٕ تہٕ گوٚب چھُ، تہٕ سُہ لوٚگ پٔنٕنن ژھیٚنٛن والیٖن شُہن واٹھ دِتھ زِندٕ روزنچہِ کوٗششہِ منٛز مرنٛچ شُو کرنہِ تہٕ لوٚگم پریشانٲنی منٛز وننہِ۔

''مےٚ ترٕ اوکُنُے زوٗن'' ......!!

یہِ بوٗزِتھ ترٕوومےٚ بیٚیہِ اَسِن کھنٛگالہٕ تہٕ اکہِ شرطچہِ پٔکھہِ وہراوبم۔ ''مےٚ برٕونٛہہ کنہِ سَپدِ مادرزاد ننٛگہٕ'' ......!!

''نہَ نہَ، سوٗرے کینٛہہ ہیکہِ سپدِتھ مگر ژٕے برٕونٛہہ کنہِ روزٕ نہٕ بہٕ ننٛگے'' ......!!

تٔمی سُند یہِ جواب بوٗزِتھ بَدلووُمےٚ روٗے تہٕ روخ زِ اَسمان سپُد سورٕ خ نار۔ گگرایو ژوٗن اہرِ تہٕ تٔمی ہشِز گردَن گٔیہ میانٕن سارٕوے کھوتہٕ مضبوط اتھن

منز اَویزان تہٕ مےٚ پُرٛژھمس۔

"ژٕ بے چھُیہٕ میون شرط منظوٗر"......!!

"نہَ......نہَ......مارمےٚ......مارُم"......!!

امہِ جوابہٕ سٟتۍ سپُد مےٚ تخلیق چہِ عظمژ تہٕ پننہِ ناکامی ہُنْد احساس۔

"کیاہ ژٕ سپدَ کھنا میانہِ باپتھ ننگہٕ"......!!

"بلکل نہٕ، لَتہٕ موٚنڈ کرتم، مگر أند رِیٚم حال دِمےَ نہٕ وونی وُچھنہٕ"......!

أمی ہٕنْدِ امہِ جوابہٕ سٟتۍ پیوٚ مےٚ پننِس کلس زَن فرُک تہٕ ناکامی ہُنْد بوٚڈ بال ......مگر تو تہٕ روٗدُس اکرٛ کران تہٕ پیٚرِ ڈأری ہاوان۔ اکھ زِنْدٕ أجدراہ گوٚنڈمَس زنگَن تہٕ کنن ہنْدِس وَچھس پٹھ لِتھہٕ نووُم دوٗرتامٕ۔ سورُے بدَن گوس چھوکہٕ دأوی، أچھ دژ ایَس پھٹتھ تہٕ تمی ہٕنْدِ رٕتکی داغ لگی میانہِ موردم آزأری ہنْدی بارودِنہٕ۔ صحراوَن ہٕنْز سیکہِ کوٚرُکی ہٕنْدِ رتہٕ سٟتۍ سرٛان تہٕ بہٕ تھوٚکُس۔ توتہٕ وگلے یہِ نہٕ لَس وُٹھ تہٕ مےٚ ترٛوو بیٚلہٕ۔ مگر موردم آزأری ہُنْد نار اوسُم لِٹہِ لِٹہِ غلبہ کران تہٕ أخرس کڈمَس فٹہٕ بالہٕ ہنْدی پأٹھی کُنی کِک زِسہٕ آو دوٗر پتھر لاینہٕ تہٕ کینْہہ کال گوٚہتھ ووٗتھ سہٕ وارٕ وارٕ تھوٚدتہٕ لوٚگ أکس طرفس کُن پکنہِ۔ مگر مےٚ دِژِس کرٛ بکھ۔

"ٹھہر......"! سہٕ ٹھہرِ یوو۔

"بہٕ دِمے کم کم نیامژٕ مےٚ برٛ وٚنْہہ کنہِ............"

"ژٕ بے برٛ وٚنْہہ کنہِ سپدِ مادرزاد ننگہٕ، مےٚ چھُنہٕ منظوٗر، تہٕ ہیکہِ نہٕ زانْہہ

سپدِ تھ"۔

"دَفا گژھ تیلہِ، بہٕ چھُسے وَنان نیر پیٚتھ، نتہٕ کرتھ بہٕ فنا"۔

حاکمی ہاونہٕ کہِ احساسہٕ ستۍ گوس بہٕ ییٚہ نار زِ سُہ ژۄل تہٕ ژلان گوٚو تہٕ مےٚ وُچھ سُہ پۆت بتھ طرفہٕ پھٔہلان تہٕ وونی چھُ سُہ مےٚ پۆت بتھ طرفہٕ نظرِ گژھان، یپأری یپأری مےٚ نظر گر یا کران چھُس تتہِ تتہِ وُچھُم موجوٗد۔ وونی ہیٚکن نہٕ سُہ بہٕ واپس تہٕ أنتھ، تِکیاز ِگس وَنہٕ، ولہٕ واپس یہِ۔ بہٕ لۆگُس سوٚنچنہِ زِ مےٚ گر بڈ بارٕ غلطی زِ ژلنس پیٚٹھ کۆرُم مجبوٗر۔

.................

قصہٕ آسہے گوڈ تیسے پیٚٹھے اند ووتمُت۔ مگر کینٛہہ ژِہۍ بڑ ونہہ غمگلو وتمی ہٕنک۔ پتہٕ دِژن ننگہِ سپدنہٕ کس شرطس لتھ۔ مےٚ کھوٚت اِشتعال تہٕ ژلنس پیٚٹھ کۆرُم مجبوٗر۔ وونی چھُس گرگرِ پشتاوان، تس ژھانڈان آسان۔ شاید مابوز ِمیوٗن آلو۔

"ہے بوز سہ، وَلہٕ واپس"

أکِس جایہِ وأتتھ لۆگُس تس وَنہٕ۔

"ہتا یارٕ کۆت یمہٕ ژےٚ ستۍ مغز چھی ڈۄلۍ متۍ"......!

یہِ بوٗزِتھ ژٕج مےٚ کھورِ تلہٕ میژ نیرِتھ تہٕ سوٚنچنہِ لۆگُس۔ یہِ ہےٚ سےٚ نفر چھُ، یُس مےٚ آزاد کۆر۔ وونی چھُم نہٕ پچھانان۔ ظأہرا دزا ونا کرٛیلہِ مۄژ نمبر۔ وونی کتہٕ پچھانِم، خأر أتھی پریشأنی منز رُوٗدُس بہٕ تس جایہِ جایہِ زارٕ پارٕ

کران۔

"ہے، ہے، تلہٕ ساٹھہٕر"......!

"کھو یارٕ دِماغ چھُیہٕ خراب۔ بڑوٚنتھ چھُیہٕ گژھان۔ مےٚ آسہٕ سو مسوَل اُکِس خلوَق جایہٕ پژاران"۔

مےٚ پھوٚرنہٕ دِ ژِ تہٕ۔ حالانکہِ یہِ چھُ سُے شخص یَس مےٚ سارِوے کھوتہٕ گوٚب کھور گردنہِ پیٹھ تھوٚو۔ یُس تَمہِ وقتہٕ مےٚ کُن کٹہٕ چشموٚ چھان اوس۔ تہٕ ووٗنی چھُ سُے مےٚ ڈیشتھ ڈل کاولاگان۔ فکرِ چھُم نہٕ کینٛہہ تژان زِ سُے ہے چھُ تہٕ پژِناوِنَس کیا زِ نکار۔

"ہے ہے، ٹھہٕر، ژٕ کرتہٕ مےٚ پژِناونٕچ کوٚشِش"

"بہٕ ہَسا زانتھ نہٕ ژٕ، مےٚ چھےٚ جلدی، مندرَس، مسجِد، گرِجَس تہٕ گُردوارَس منٛز چھُم گوٚژھُن۔ تتہِ خاُراتھ باُگراوُن۔ دان کرُن۔ ژیرِ گوم کاُژاہ کامہِ چھُم کرنہِ"۔

دژاو وُلی وُلی۔ خبر کیا زِ چھُنہٕ مےٚ پژِناوان۔ یتہٕ اوس تُمی سے شخس ہیوٚ۔

"ہے بابا، ژٕ بوز تہٕ میأنی کتھ۔ ووٗنی سپُد سبٹھاہ۔ بہٕ چھُسَے ژے گرِ واپس نہٕ باتھ آمُت!"

"ہتا یارِ یہِ کُس وَق چھُ وُنہِ گرِ گوٚژھنُک۔ وُنہِ چھُ مےٚ نِصف راُژ تام شراب چوٚن، یتہٕ داوتراوُن، یتہٕ راُژہٕ ژٕ کرٛہنی ژاوَرِ وٗلتھ کوٚت کوٚت

واتِن ۔ ویسے چھِم سو ہمأری زِملۍکلی موت چھِم لرِ لوٗر آسان۔ مگر یہِ چھُس آزار کھوتہٕ آزارٕ کِس لذتَس مژٕتلان''۔

یِتہٕ ژوٗل ۔ حالانکہِ سُے شخص چھُ یَس مےٚ پیٚژٕ ڈأری ہأو۔ تیٚمی ہژٕ گردَن میانین مضبوٗط اتھَن منٛز اویزان اُس۔ سبٹھاہ دُکھ چھِم زِ مےٚ کیازِ ترٛ ووتمہِ دوہہ یِیلہِ ۔ ووٚنی چھُ گبو کھبتھ لُٹ ِگلوان ۔مےٚ نہٕ پرزٕ ناوان، اوٗن تہِ چھُنہٕ ، بنان چھُ میأنی شکل ما آسبس مُتھمُت، نتہٕ چھُ زأنتھ مأنتھ لوٚب ہوان ۔ اُف کیأزی کیأزی پوٚ گس ۔ کأنسہِ مون نہٕ میوٗن ۔ کأنسہِ کوٚر نہٕ میوٗن سوال پوٗرٕ ۔ کرٛیکہٕ لایَم ۔ آلو دِتم ، ہیا واپس یِتہٕ ۔ مےٚ پرٛزٕ ناوٕنچ کوٗشش کر تہٕ ،خأر ووٚنی تھوٚگس یہِ سبٹھاہ ۔مےٚ تہِ پیٚیہِ پرٛار ننگ اِیذا اتلُن ۔ سُہ برداش کرُن ۔ مگر اتھس منٛز بازِینس پیٹھ دِمس یاد روزُن لایق سزا۔

............

قِصہٕ آسہے گوڈٕ تیٚسے پیٹھ انٛد ووتمُت ۔ مےٚ پھِیو یِیہِ ۔ مگر از...... مگر از واتِناوَن یہِ یِہِ قِصے انٛد ۔ أزی چھُ سُہ دوہ یِیلہِ یہٕ سُہ شخص پانس ہوبن باقٕے نفرن ہٕتی پأنس برٛ وٗنہہ کنہِ استادٕ کرَن ۔ یہٕ پرزٕ ناوَن سُہ ۔ ووٚنی چھُ سُہ پرزٕ ناوُن میانہِ باپتھ سبٹھاہ سہَل تہٕ آسان ۔ وُنی کینہ ، آ، وُنی کینہ چھےٚ ژووأ اپأری ژھو یہ ۔ سوٗرے کینہہ ہموار۔ ہرگاہ ٹھوٗل مشرقہٕ پیٹھٕ ڈُلہٕ ترٛ اوون سُہ واتہِ سہَل پأٹھی سرِ تُھوٗت مغربس گن ......آ...... وُنی کینہہ ژِیٚہی برٛ وٗنہہ تُل مےٚ طوٗفان، پہاڑن گرِم پتہِ پیٚژٕ ڈأری ہٕتی ریزٕ پھانہٕ ۔ آبس بنووُم نار

تہٕ نارس آب۔ زمینَس ہِتی رلوٗم اسمان تہٕ کرٕکن چورٕم ہوٚٹ تہٕ ووٚنی چھے صرف ژھوپہٕ۔ کھوژوٚنی ژھوپہٕ تہٕ ہیٚیہِ ہہٕ۔ آیٚیہِ ہہٕ۔ مگر ژھوپہٕ تِنہٕ، صرف ہہٕ۔ از چھُ پرزٕ ناوُنک دوہ۔ ہہٕ کڈٕتس لتَن تل زُو۔ مےٚ تُل پژارنک سبٹھاہ اِیذا۔ ہہٕ کڈٕ از پرزٕ ناوُنہٕ کہِ دوہہٕ تَس پژٕ زنٲوِتھ لتَن تل زُو۔ سُہ دِیہِ کرٕبہٕ رحمہٕ باپت دارِ ہلَم۔ سُہ کرِ فرٔی یاد۔ ہہٕ کرٕ عدل ووٚنی۔ آ۔ ووٚنی دِمس ہہٕ ناد۔ آ۔ ناد۔

"ووتھ، ووتھ، میٚون حُکم چھے، پانہٕ تہٕ پانَس ہوبن باقٕی نفرَن ہِتی سپَد مےٚ برٕ وٕنہِ کنہِ استادٕ۔ ووتھ میٚون حُکم چھے"......!

ہاں۔ آ۔ آ۔ وٕتھی ہےَ تہٕ، أچھ چھِ موٚران، أمِس ہوی باقٕی نفرتہٕ زَن خوفتہٕ ہِند روٕتھی ............ مگر یہِ شخص چھُنہٕ ننگے بلکہِ شوبہِ دار پلَوٲ ہِتھ۔ أمِس ہوی کینٛہہ نفر چھِ کینٛہہ پلَوٲ ہِتھ تہٕ کینٛہہ مادرزاد ننگے۔ سأری ہیوٚرٕ کُن اتھٕ تُلِتھ کیاہتام منگان۔ آ۔ اتھٕ تُلِتھ مےٚ کیاہتام منگان۔ ہاں یہِ کیاہ۔ ہہٕ۔ ہہٕ۔ ہکہٕ نہٕ ووٚنی کہیں کرِتھ۔ مےٚ أس رائے یہِ آسہِ باقٕی نفرَن ہٮ۪تھ ننگے۔ ہہٕ ہکہٕ نہٕ ووٚنی کہیں کرِتھ۔ کہیں ہکہٕ نہٕ پژٕ ژِھتھ۔ ووٚنی ہکہٕ نہٕ عدل کرِتھ۔ مےٚ۔ مےٚ۔ آ۔ مےٚ پییہِ ووٚنی أمِس نفرس تہٕ أمِس ہوبن نفرَن ہُند استقبال کرُن۔ استقبالٕے پییہِ کرُن۔

☆☆

# فُٹ بال میچ

سٹیڈیم اوس خاۜلی سپُد مُت ، اماپوٚ زفٹ بال میچ اوس جاۜری۔

محلس منٛز مغہٕ لاۜلُن ناوُس کُس زانہٕ ہے نہٕ اِمیٚک چھنہٕ مےٚ پَے اماپوٚ ز نظر بازتہٕ فٹ باہٕلکۍ شوقین اۜسۍ تس پوٚرہٕ پاۜٹھۍ زانان، سُہ اوس لوکہٕ چارہٕ پیٹھے بوٚٹہٕ کھلِہ لاۜ رِگتھ کوچہٕ گلین منٛز گِہے گوگجہٕ ، گِہے مُجہٕ تہٕ گِہے اۜلوس کِلکہٕ کڈان ، پانس تسلا کران تہٕ پتہٕ اندکُن ہِیتھ سونچان آسان زِ کاش تس تہٕ تِنہٕ ہے بالہٕ پیوٚ ثناہ تہٕ رَش کھاۜلی کھاۜلی کرِہے گول تہٕ منٛزل واتہٕ ہَس اند۔ بَس اۜمی شوقن اوس اۜندری اۜندری تس پرِیٚن کوٚ رمُت مگر کاۜنسہٕ اوس نہٕ امیٚک باس دِوان۔

اکہٕ دوہہٕ وُچھی تمۍ اَکِس کوچس منٛز کینٛہہ شُری ، یُہنٛد تعدادالہٕ پلہٕ دُہہ اوس، ڈبہٕ کھاۜنٛٹس بال بناۜوِتھ فٹ بال گِندان ، مغہٕ لاۜلس ژوٚل اُسُن نیرِتھ مگر ستی پییٚس مورہٕ ہنٛدی پاۜٹھۍ پنہٕ نِن زنگن کُن نظر تہٕ گو گجہٕ تہٕ اۜلوِ ریٹھہٕ باسیٚس

نالبن منز گوهان۔ سہ پوٚک یمن شُر بن کُن تہٕ لوٚگ تماشہِ وُچھنہِ۔ شُری گیہِ ڈبہٕ کھائِٹس رِگندان تہٕ گول کران أتھی منز وۆتھ مغہٕ لالہٕ تہٕ رِگنڈنہِ۔ أمی روٗٹ ڈبہٕ کھوٗنٹ تہٕ تمام شُر بن ڈاج کٔرتھ نیوٚن گول کٔرِتھ، میچ رُکیٚو وتہٕ اکھ شُر آو مغہٕ لالس کُن تہٕ وۆتھُس بڈِ ہٹہِ۔

''ہیا بڈٕ بأ لا! ژٕ ے کتھ روٗٹُتھ ڈبہٕ کھوٗنٹ تہٕ گولا موٗرُتھ''......!!

مغہٕ لالس پھیوٚر نہٕ جواب، أتھی منز وۆتھ اکھ شُر پننہٕ نِس بأوِحس کُن۔

''تلو وونی، شوق گوٚس، مگر رِگندان چھُ بے داد''۔

یہِ بوٗزِتھ پھیوٚر مغہٕ لالس بتھِس رنگ تہٕ بیاکھ شُر وۆتھ مغہٕ لالس کُن۔

''ژٕ ے کیاہ ناو؟''

''مغہٕ!''

روزان کتہِ چھُکھ؟''

ییتھی ڈاوٗن ٹاونس منز!

ییتھ کنی گیہِ یمن شُر بن مغلہٕ لالس ستی دوستی تہٕ یم روٗدی یکہٕ وٹہٕ ڈبہٕ کھائِٹس رِگندان، مغہٕ لالہٕ گوٚو۔ وارٕ وارٕ پاسنگ تہٕ ڈفینسیوٚ رِگنڈُن ہیچھناوان تہٕ فٹ بال ٹیم گو تیار تہٕ مغہٕ لالہٕ گوٚو أتھی منز اکہِ دوہہٕ غائب۔ سأری شُری گیہِ پریشان، مگر اکہِ دوہہ گوٚو مغہٕ لالہٕ ٹھوٗبوٗن گٔرِتھ پأدِ کھلاڑی کھیوٚل لوٚگ توشنہِ تہٕ اکھ کھلاڑی وۆتھُس

''ژٕ کتہِ اوسکھ ییتِس کالس، یہِ کیاہ چھے پھٕرنس تل''......!

مغہٕ لالن دِژا اورِ یور نظراہ تہٕ لو تہِ پأٹھی وڈ تھکھ در جواب۔

''پکِو ژھایہِ ۂلس کُن، پرٛیکٹِس کروٚمے أنٔی فٹ بال، مگر پنہٕ دُشمن ٹیم بوزِ تہٕ بال ژٔلہِ ہتھ''......!

سارِنے بأجن پھیوٚر بُتھس رنگ تہٕ لو تہِ پأٹھی دژایہ ژھایہِ ۂلس کُن پرٛیکٹِس کرنہِ۔ مگر کتھٕ تام پأٹھی لوٗگ دُشمن ٹیمَس پےَ زِ ژھل گٔرِتھ نیکھ بال تہٕ مغہٕ لاَلس آو بال ژورِ نِنگ الزام کھالنہٕ تہٕ تس آو موتُگ سزادِنہٕ باقے بأج تہِ آیہِ رٹنہٕ تہٕ ہُوٚنی کھیٚیہِ بستہٕ کھلر۔ مگر خدایہِ سُند کرُن کینٛہہ کال گُوٚھی تھےٚ دِیُت خوٗنن بارَو تہٕ نوٚو ٹیم گوٚو تیار۔ امکی سأری بأج أسی تیز رفتار پاسنگہِ مٔنز مأہر ڈاج کرٕنکی ووستاد، مگر یمن باجن یوسےَ کتھ مضبوٗط بنأوِتھ أس، سو أس بأج وٕٹھ، کھوٚ ان یکہٕ وٹہٕ، ووتھان یکہٕ وٹہٕ، پرٛیکٹِس کران یکہٕ وٹہٕ تہٕ شوق اوٚسکھ زِ تِم گژھی اکھ أکِس پاس دِوان دِوان گول کرٕنی، أکِس بأجس تہِ اوس نہٕ طمع زِ بےٚ نتہٕ پےٚ گوٚ ژھس گول کرُن، امہِ جذبہٕ کِنزٕ أسی فٹ بألکی شوقین کیٛاہ، تمام لُکھ یمن میچ گِندنَس دوران اکھ أکِس پاس دِنس پتھ مرحبا کران، جاے تژ اوان، تہٕ نکھن کھالان تہٕ دُشمن ٹیم اوس تھاران، ژمان تہٕ شرٛوکان۔

میچ روٗد جأری مگر اکِہ دوہہ ییٚلہِ میچ چلان اوس یم بأج لگی تِتھٕ پأٹھی بالہِ گندنہِ زِ دُشمن ہیوٚتُن زور گژھُن، یم بأج أسی نہٕ ووٚنی اکھ أکِس پاس دِوان بلکہِ پانہٕ وأنٔی ڈاج کران بال پانسے نِش رٹان تہٕ باسان اوس سأری

بأج چھِ یڑھان بےٚ نتہٕ بےٚ کرٕ گول۔

نتیجہِ دڑاولُکھ گیہِ وارٕ وارٕ سٹیڈیم مژٕ نیران، تمن زن گلہِ زبو گوھان

اُس تہٕ دُشمن ٹیم اوس ٹھاہ ٹھاہ کران اُسن تژ اوان، پاسنگ نہٕ کرنہٕ کنی اُسی

باجن دُشمن ٹیمہِ کہِ زورٕ ستی نل نکھ پھٹان تہٕ پانہٕ وأنی تہِ اکھأ کس ستی ڈاج

گرِتھ اُسکھ خونہٕ پھموار پھٹان۔

............

فاروأ ڈلائن اُس پانیو پانیو کران تہٕ ڈِفینس لائن اُس چھلہٕ چھانگرِ، میچ

تہٕ اوس جارٖی، اماپوٚز سٹیڈیم اوس خألی سپدٕ مُت۔ مگر لُکھ اُسی پتھ کُن وُنہِ تہِ

نظر نظر دِوان۔

☆☆

# ہۄنۍ لۄٹ

میٲنۍ سأری یار أسۍ تَتھ ڈٕری یاوَس منٛز سٕران کران تہٕ مےٚ أسۍ تنٛبہٕ لاوان۔ پژٕ بتھ کانٛہہ یار اوس ڈٕرۍ یاوچہٕ نوٕ نوٕ کتھٕ باوان۔ تِمن منٛزٕ ٹٕلان تہٕ اَسن کھنٛگالہٕ تژٕ اوان۔ مےٚ اوس نہٕ یہٕ برداش گژھان۔ مگر زبو أہم ژھۄٹ پھوان کرٕنۍ۔ تِکیا زِمیانہٕ پژٕ بتھ کتھِ اوس لانٛج یوان۔ پَزٕر اوس یہِ زِمیٲنۍ کتھ أس سبٹھاہ بیۄن تہٕ سرٕنۍ آسان تہٕ یار أسۍ تَتھ غلط مطلب کڈِتھ اَسن کھنٛگالہٕ تژٕ اوان۔ ڈٕرۍ یاوچہٕ چشمہٕ آسہٕ زوتان تہٕ ناپان۔ یہِ وُچھِتھ أسۍ مےٚ یارکل کڈان۔ مگر بہٕ اوٗسس گۄش دِوان تہٕ کیاہتام سونٛچان، یہِ نہٕ کانٛہہ سونٛچان اوس تہٕ مےٚ اوس أندرٕ زَزُر اژان۔ بتھِس رنگ ڈلان تہٕ ڈٕری یاوَس اوس یۄ ہےَ آرہیوٕ یوان، مگر بہٕ نہٕ پننہِ ہنہِ ڈلان۔ ژھانٛٹھ أہم، مگر باس نہَ اوٗسس ڈٕری یاوَس دِوان تہٕ نہَ کانٛسہِ یارَس۔

یار گیہِ گژٕ بزان، ڈٕری یاوگۄوہَمان تہٕ بہٕ گوس ژمان۔ مگر امہِ کتھِ ہُنٛد اوس نہٕ کانٛسہِ گُمان۔ سوٗرٕے اوس ٹھیک ٹھاک۔ گاش اوس یِوان، کأم کار

چلان۔ ژٔنڈ رنیران تہٕ وَق اوس شیٚنہٕ مانہِ ہنٛدِ پاٚٹھی گلان تہٕ بہٕ لوٚگُس منہٕ منٛزی ڈٔری یاوچہِ ئٹھ کرنہِ۔ مگر یارَن بوٗوم نہٕ یہِ، تِکیازِ تِم أسی نہٕ سوٗنچہِ سوٚ درٚس منٛز وَسان تہٕ میأنی صاف شرٕ وٗژتہٕ ئٹرٕنی کتھ أسی غلط سمجھان۔ عجیب ماحولَس منٛز اوسُس بہٕ ہینہٕ آمُت۔ یئیتہٕ ہٕج کتھ سیٚوٚ دتہٕ سیٚو دکتھ ہٕج باسان أس تہٕ اتھ سٔہلابَس منٛز میأنی کتھ کرٕنی أس مےٚ خجِل کران تہٕ لانٛج انان۔ اَوے ژٔوٹ مےٚ گتھ کرنَس کلَے۔ بوس پھٔٹ پھٔٹ تہٕ گرٛبکہٕ یِی یِی تہٕ ژٔوٹ نہٕ مےٚ سوٚتھ تہٕ پکان گوس۔

وارِیاہ کال گوٚژھتھ لٔج یارِ چھوکہِ دُکہٕ تہٕ ڈٔری یاولوٚگ سوٚت سوٚت وَسنہٕ تہٕ کیازِ آب تہٕ اوس ژٕمیوٗمُت۔ مےٚ کوٚ رقصد زِ بہٕ کُملاوَکھ وُٹھ تہٕ ڈٔری یاوَس ونہٕ زِ ژٕ پھِر پٔنٕ سوٗرے آب مےٚ کُن تہٕ بہٕ آسے دوہے صُبحس وُٕتھتھ پوشہِ ورشُن کران، لال جران، عطٔر ملان تہٕ ژٕرے پٔتھ زُوان روزان۔

یتھ پٔتھ باوٗ مےٚ یہِ کتھ منٛز چھ منٛز چھ تہٕ گٔلی گٔلی ڈٔری یاوَس۔ یہِ بوٚزِتھ آیہِ تَتھ گرٛکھ، طوٗفان ووٗتھ تہٕ بہٕ دِتُس تمی بٹھس کُن ہکہٕ دأرِتھ۔ مےٚ گوٚ وأچھن انہِ گوٚٹ۔ یاروتر ووٗم اُسن تہٕ ڈٔری یاوُک اُسن گوٚ واتھ اسنَس ئتی زٕلتھ۔ مٔیون یَرٕھن گوٚو چھمبرٕ تہٕ یئیہِ رأوِ میأنی کتھ۔ مےٚ اوس پے زِ میأنی کتھ چھِ سأرِی غلط سمجھان، ژھوپے أس روٚپہٕ سنٛز۔ مگر مےٚ گرٕنہٕ، ہوٚن کمہِ حالہٕ بنہٕ ہا۔

مےٚ دِژدِنَن سونچس ، وُچھنس تہٕ کتھ کرنس کوٗرُم لاہ، تہٕ پکان گوس۔ مگر
پَتہٕ جایہِ اوسُس سونچان زِ مےٚ ماچھُ کوچہ پھیرُ گومُت ، بہٕ کور چھس لوٗ گمُت۔
باقی کیاہ زِ نارٕژی لایاں تہٕ بہٕ دَگ للوان ۔ مےٚ کیاہ گوٗمُت یہِ ۔ مےٚ تہٕ پزِ ن
نارٕژی لاینۍ تہٕ ڈٕری یاوِ کس سپنِس چاک دِنۍ یتھ سہٕ دَگہِ ستی کرٕکہٕ نادلایہِ
تہٕ بہٕ تُلَس لُطفاہ۔ یتھِ کنۍ ساری لُطفاہ تُلان تہٕ پکان چھِ۔ مےٚ سوٗنچُے یوت
یہِ تہٕ گابریوٗس۔ باسیوٗم زِ ن تہٕ مےٚ کانٛہہ گوناہ کوٗر تہٕ توبہٕ پزِ بہٕ کرُن۔ بہٕ
ژوٗلُس کُن مَن ژُوتھ مگر یار لگِم طعنہٕ دِنہٕ۔

''ووٚنۍ چھُس ژھوپہ منٛزٕ ے درٛامُت''۔

مےٚ لوگ یہِ بوٗزِتھ زوٗر تہٕ یار روٗدِم ژھوکیمتِس ڈٕری یاوس منٛز ووٹہٕ
لایان۔ تِتھ نارٕژیوٗ ستی وَچھ ژٕٹان تہٕ ڈٕری یاو گوٚو تِمن شانٛشہِ لدٕ ےلول بَران
تہٕ مےٚ ڈیشتھ ڈٕرہ لدان۔ مےٚ وَچھِ ڈٕری یاوِ کہِ دزٕہہ لدنہٕ ستی اُچھ تہٕ
واریاہَس کالَس روٗدس اُچھوٕٹی تھے۔ ووٚنۍ اوسُس بہٕ کوٗل، زوٗر تہٕ اوٗن تہٕ
تہٕ پکان گوس۔ پَتہٕ ییلہِ اکہِ دوہہ مےٚ ٹھوٗنکر لوٗگ مےٚ آیہِ ہنگہٕ منگہٕ اُچھ
مُشرنہٕ ۔ مےٚ دِژ نظر، ڈٕری یاوس ہوٗ کھمُت تہٕ یار اٚسی ژٕلیمتی۔

☆☆

# ہبز ارڈ

بال اَس ہبز ارڈس منز پھسیمۍ۔

دڑ وگجن شنکرا چار یہ بال، یَتھ بڑ وٕنہہ کالہٕ تختِ سلیمان یا سُلیمان ٹینگ ونان اَسۍ۔ تتھۍ اوس شکیلہٕ بسان۔ ملہٕ ٹینگ، دڑ وگجبن، بُچھوور، ڈٔونۍ کھوڈتہٕ ڈلگیٹ اوس شکیلس رِگند نک دڑ وکنُگ آنگُن۔ مگر اکِہ دوہہٕ نیٖگھ یم ساٴری آنگن تس۔ تِکیاز سُلہٕ میرَن اوس سُہ ماجہِ سلیم نس ونس پیٹھ گاف کلبس منز کامہِ لوگمُت۔

گوڈ نِکہِ دوہہٕ یتھے سُہ سُلہٕ میرس ستۍ مَلہٕ ٹینگچہ چڑ ایہِ وۄتھ تہٕ سیّد صاٴب آستانچہ سڑکہِ نِش دڑاو۔ سلیمہٕ کھۄ دَوِ سلیمان ٹینگس یعنے شنکر اچار یہ بالَس پیٹھ ہیوٚرکُن تہٕ تَس لچہِ گُری دوکٲلس کُن اُچھی درس۔ نہٕ گُری دَوکٲلس کُن، نہٕ ووٚنۍ مولانا آزاد بڑِجس کُن۔ سورُے زپڑاران تہٕ کینٛہہ کال گوٚ ہتھ آو تس شکیلہٕ لبنہٕ، یُس سُلہٕ میرس ستۍ اوس۔ تس باسیوٚ وبالہٕ تھنگہِ پیٹھ دٕہہ وُہر شکیلہٕ

زَن تہٕ وأرۍ ژُن ۔ اۆش ژۆلُس نیرِتھ، تِکیازِ لوٗگُٹ تہٕ موصوٗم شکیلہٕ اوس زینہٕ دژ امُت ۔ خاندار گُلہٕ پیوس یاد۔ سُہ ییلہِ کامہِ نیران اوس سلیمہٕ اُس تس تہِ مولانا آزاد برٕ جس تژ ان تژ ان دۆرتام وُچھان آسان۔ یہِ سۆنچِتھ ژۆل سلیمس بیٚیہِ اۆش نیرِتھ۔ وۆش تژ ووٗن، نظر تُجِن، شکیلہٕ اوس گاف کلبس تل ووتمُت۔ سلیمن وۆتھر اۆش تہٕ وُژھ واپس۔ ملہٕ ٹینگہٕ کِس مقبرس پیٹھ کُرن گُلنہِ قبرِ کُن نظرا۔ باسیوٗس زَن گُلہٕ قبرِ منٛزٕ نیرِتھ تس کُن بے بسی ہٕنٛدِس انداز س منٛز وُچھان اوس۔

............

''سُلہٕ ببَا! مےٚ کیاہ چھُ ییٚتہ کرُن؟''

''گاف سبٹ پھکِس پیٹھ تُلِتھ صحبس پتہٕ پتہٕ پکُن''۔

''تمہِ ستی کیاہ گژھِ؟''

''بوزٕ چاریا، سُہ گژھِ یعنے صحب گژھِ گاف گِنٛدان تہٕ بڑٕ وٕتھہ بڑٕ وٕتھہ پکان۔ ژےٚ آسی سُہ ییٚکیاہ یمہٕ گاف سِٹکہٕ منٛگان''۔

''اَلِے یمہٕ ہابَدٕ لورِ۔ مےٚ گژھ اکھ، ییکیاہ یہِ چھنا ٹونگر ہش لوٗر۔ امہِ ستی گِنٛدِ ہابہٕ ملہٕ ٹینگس پیٹھ ہا کی، مےٚ ناچھنہٕ سیٚزِ لورِ ستی گِنٛدُن تگان۔

''چاریا! کرٕ ژھوپہ، یمہٕ لورِ چھےٚ گاف کلبہٕ چہِ۔ بوز ییتھ ونان ڈرائیور، ہُتھ ونان گاف سِٹک، ہُتھ نپل، ہُہ گوٗ ووٗٹی'' گراونٛڈ یہِ گیہ سفید تہٕ بیٚا کھووزِ ج بال، تلاژ ہبلکھِ یہِ گاف سبٹ؟''

شکیلَن ٹُل گاف سٹِک بیگ پھیکِس پٹھ، سُہ آو ہور لاینہٕ۔ سُلہٕ میرس ژھینٛز زَن وأنج ۔ شکیلَس زردیُو وبُتھ تہٕ اورٕ یور وُچھتھ لوٚگ سُلہٕ میرس وَننہٕ:

''سُلہٕ بَبا! غلطی گیَم ،بہٕ چھس ووٚنی بوٚ ڈوو تمُت''۔

سُلہٕ میرس ژھینٛز بیٚیہٕ اَکہٕ لٹہٕ وأنج تہٕ شکیلہٕ لوٚگ گاف بیگ بیٚیہٕ پھیکِس الوٚنڈ ترٛ اونہٕ ۔ پتھ پتھٕ تہٕ گاف بیگ پھیکِس الوٚنڈ تھٲوتھ کڈٕی تمۍ اکھ زٕ قدم تہٕ فخرٕ سان تُجن سُلہٕ میرس کُن أچھ۔ سُلہٕ میرٕ ن روٗٹ نالہٕ مَتہٕ۔ سُلہٕ میرٕ اوس محلہٕ موٚت سارنےٚ اَکار بَکار یوان۔

''شکیاہ! ژٕ ے چھے ییٚتہٕ ووٚنی بیا کھناو''۔

''کیٛاز زِ آسم بیا کھناو؟ شکیلہٕ ہےَ ناو چھُم''

بوزُو! ...... ''گاف کلبس منٛز چھُ گاف سٹِک تُلَن وألِس گاف بارے وَنان ۔ ژٕ تھَو پنُن ناو ووٚنی گاف بارے یاد ۔ صحب آسی کِنٛدان کِنٛدان بُلاوان''۔

''گاف بارے اِدھر آو، ڈرائیور دے دو، گاف سِٹک دے دو''

''اچھا گوٚومیوٚن ناو چھُ ییٚتہٕ ''گاو بارے!''

''ناچاریاہ، گاو بارے نہٕ، بلکہٕ گاف بارے''

''اَچھا اَچھا، روٗدُم یاد۔ بہٕ گژھہٕ گرٕ تہٕ بوبَس وَنہٕ بیٚیہٕ بیٚنِن دون زِمےٚ چھُ بیا کھناو گاف بارے۔ تو ہہٕ ماپھوٚیہٕ ناو!''

یہِ ونان ونان لۆگ شکیلہٕ گاف ءکلبس منز ٹِکہٕ ٹِکہٕ کرنہٕ ،سُلہٕ میرلۆگ سوٗچنہٕ زِ أمِس موصوٗمس چھِ دوٕہے گاف ءکلبس منز گاف مأدانکین ۱۸ ہن گدبن أنٛدی أنٛدی میلہٕ واد کڈٕنی ۔

''صَحب ! وٹ وانٹ وُ ڈ؟ ماما''

''لایِک اے گڈ باے.This is teeing ground. Give me six iron

شکیلہٕ رۆٕ دگاف بیگ ہتھ پکان تہٕ گاف کلبس منز اکہِ پتہٕ دۆیمس ، ترٛیمس ، ژۆرِمس ، پٔنٛژِمس تہٕ یتھے کٕنی اَردأہمس ٹیِنگ گراونٛڈس (Teeing ground) تہٕ پَتہٕ اردأہمس گدِس تام میلہٕ واد کڈتھ پرٛ ہتھ دوٕہہٕ پانٛژھ أٹھ روپیہِ رَٹان ۔ تس أسی ووٕنی بالہٕ تہٕ گاف سٹکے یاردوس باسان تہٕ ٹیِنگ گراونٛڈ(Teeing ground)زن تہٕ آنگُن ۔ وزِ وٕجن ،بچھو ور، ڈۆٕنی کھوڈ تہٕ ڈلگیٹ یِم سأری محلہٕ أسی تس نشہِ سبٹھاہ دۆٕر ہیتی ۔ ووٕنی اوس سُہ گاف بیگ، گاف کلبکی ۱۸ گدی ، أنٛدی أنٛدی میلہٕ وادتہٕ پرٛ ہتھ دوٕہچہ پانٛژھ روپیہِ تہٕ باقے نہٕ کہیں ۔ سُہ اوس ووٕنی مختلف مُلکن یامُلکہٕ چین مختلف ریاستن یاتہٕ مقأمی گاف گِنٛدن والین ہنٛدی گوٚبِ گوٚبِ گاف بیگ ہتھ تاپہِ دزان تہٕ اکہِ ٹیِنگ گراونٛڈ پتہٕ بیٚیس تہٕ تِتھے کٕنی اَرداہن ہولن ہنٛدبن ٹیِنگ گراونٛڈن تام پکان ۔

تس اوس اردأہم ہول پننہِ زندگی ہُنٛد گول باسان ،مُنزل باسان تہٕ تمہِ برٛونٛہہ گاف گِنٛدنس دوران بُتھِ پننہٕ واجنہِ رُکاوٹہٕ ہزارڈ ۔ یعنے زنٛڈ ، سیکہِ

دوب، دَل دَل، آب، گُلی تہٕ گاف کورسچہٕ گنٛڈی دوپھ آسہٕ تس پننہٕ زندگی ہنٛزٕ رُکاوٹہٕ باسان۔ یمَو دُشوٲریو منٛزی نیرِتھ اُردٲ ہمس ہولس نَش وٲتِتھ اوس سُہ پھرٕ بکھ ترٛاوان تہٕ صحبَن نشہِ محنتانچہٕ ستھ روپیہٕ یادون راوٕنڈن ہنٛزٕ دا روپیہٕ تہٕ گھے بخشِش رٹان تہٕ گرِ گژھان۔ تتہٕ اوس بیٚیہٕ زَن مسلَن تہٕ دولابَن ہتی گاف ہوان گنڈُن تہٕ سُہ گوٚو تتھ لوکچہٕ وٲنسہِ منٛز بڑوٚنہہ پکان۔ تس اوس وونی محنتانچہٕ روپیہٕ رٹِتھ لوکچن بیٚنٛبن کیٛت کینٛژھاہ میٛنژھا تہٕ یاد روزان۔ بیٚنٛبن ہنٛدِ باپتھ فراگن تہٕ ماجہِ ہنٛدِ باپتھ رنٛنہٕ پھونٛک ساماٗنہٕ گاف مٲدانس منٛز تہٕ یاد روزان۔ صحَب اوس سِٹرٛوک ماران تہٕ شکیلہٕ اوس گاف بیگ پھیکس پیٹھ ہتھ گرِ کمن مسلَن سِٹرٛوک ماران، پوائینٹ زینان تہٕ پکان، گھے دَلدَلس منٛز پھسان، گھے بال گڈِس منٛز ژھنان تہٕ پکان۔

............

اکہِ دوہہٕ لوٚگ گاف سوسائٹی منٛز زبردس میچ۔ شکیلس ووٚن صحبن زِ ہرگاہ یہٕ زینہٕ اکھ ہتھ روپیہٕ دِمے ژٕبے ینامہٕ رٕنگی۔ شکیلن موٗروو گاف بیگ، گاف سبٹ کوٚرُن چک، ڈرائیورنٛژ نوٗون ہوٚہس منٛز۔ ساریے وُڈ تہٕ آٲرن کربن چک۔ اکہِ اکہِ چیزٕ اوس سورٕ یے فِٹ، میچ لوٚگ۔ صحب گوٚو ٲ کس ٹیٖنگ گرٛاونڈس کمو سِٹرٛ گوہتی پوائینٹ زینان تہٕ پکان۔ شکیلس ووتلے یہٕ آش زِ پننہٕ بوبس سلیمس انہِ وونی ضروٗر ٹبٹہٕ عاٗنک۔ تس چھُ گلس دود کران۔ سُہ اوس پی سونچان زِ صحبس بیٚیہٕ گافہٕ نالہٕ منٛز بال۔

شکیلس وۆتھ عأرق تہٕ ماجہِ ہُنٛد ٹبسٹہٕ عأنک باسیٖوس پھٹان۔ مگر صَحَب اوس مأہر کھلأڑی، تمۍ ہوو بڑٕ ثرِس منٛز چمتکار زِ سأری سپدی حأران تہٕ اَردأ ہِمس ہوٗلس نِش وأتِتھ نیوٗن شاندار پوانٹو ستۍ میچ زیٖنِتھ۔ شکیلس باسیٖو ماجہِ أچھَن پیٹھ ٹبسٹہٕ عأنک کھسان۔ صحبَن روٗٹ سُہ نالہٕ متہِ۔ ہتیٖن نوٹ دِتِنس۔ شکیلَن تڑٕ أو شاندار چایہِ پارٹی أتی تہٕ گرٕ گٕن ژٔول۔ صَحَب گوٚس آلو دِوان مگر شکیلہٕ دور یوٗو بےٚ وایہِ گرٕ گٕن۔

تِتھے سُہ ملہٕ ٹینگہٕ پنٕنہِ گرٕ کِس دروازس تل ووت لتہِ وُچھن واریاہ ہمسایہِ۔ لوکچہِ بینٕہِ آسس دروازس تل وِدان۔ تمہٕ رَچھن نالہٕ متہِ۔ سُلہٕ بَب وُچھن کنٛزِس پیٹھ ہِتھ دِیان۔ ہمسایہِ بایہِ آسہٕ وَنان:

"توبہٕ، توبہٕ، سلیمس پزِ ہا موصوٗم شُری تڑٕ أوِتھ کانٛسہِ ستۍ ژٕلُن!"

شکیلس ژٔمیوٚ واتھس منٛز ہتیٖن نوٹ تہٕ بال باسیٖس ہزارڈس منٛز پھسان۔

☆☆

# گوٚڈنچ کٕنز

مےٚ چھِ رام ونان، بسان چھُس توٚہی منٛز، سیتا أیسم زنانہٕ، لکھشمن بوے
تہٕ ہنوٗمان ژاٹھ، مگراز چھُس بہٕ کُنےٚ زوٗن، یِم سأری چھِ پیٹھی شہرس منٛز مگر مےٚ
نکھہٕ أسِتھ تہِ سبٹھاہ دوٗر، ازأنی، وتہِ مےٚ وُچھتھ کأر پھِر اِن نہٕ پکان۔

یوٚہے سوٗنتہٕ کال ہیوٗ اوس تہٕ مےِ کوٚر رُکھ سیتایہِ تہٕ لکٕن تہٕ کیٚنٛہہ دوہہ
أگرٛھی تھےٚ کوٚڈُس بہٕ نفسہٕ دأدِ یٕمہِ شہرٕ منٛزٕ، مےٚ گٔر نیرِنہٕ بروٚنٛہہ سیتا
لکھشمنَس حوالہٕ تہٕ دڑاسٕ ژوٗٹ کماونہِ، مگر مےٚ پتھ پھلوأے گٔمو سیتایہِ اوس
نہٕ میٚون دُور برٕ زٕ رُومُت تہٕ لکھشمنس اوسُن ووٗنمُت:

"گرٛھ بوے انُن ژھأرِتھ واپس"

لکھشمن اوس یہِ بوٗزِتھ سیتایہِ کُن یڈ برِتھ نظرا کٔرِتھ أندی رٕکھ
دِنہٕ بدلہٕ تس عٕستی بدلےٚ پأٹھی اتھہِ واس کوٚر مُت تہٕ مےٚ اوس ژھانڈنہِ
دڑامُت۔ مگر لکھشمن کوٚت اوس گوٚمُت یہِ نٕیو ومےٚ ہنوٗمانس نِشہِ زِ لکھشمن

اوس مےٚ ژھانڈنہٕ بدلہٕ شہر چہِ کس تام مسولہٕ ستی سوم رس چینہٕ بیوٚٹھمُت تہٕ
أتھی منز اوس ہُپأرِ راوُن سوٚ ٹھابوٚ ٹھالُا۔ گتھ ہیتی کران کران سیتایہٕ نش ژامُت
تہٕ ٹائنکین ہُنٛد انبار بڑ ونہہ کنہِ تزٕ أوتھ لتس بےٚ وایہِ نالہٕ موٚت کوٚرمُت تہٕ پتہٕ
أس سیتاپنہِ مرضی راونس ستی دزٕ امِژ۔

یہِ راز ونس أسی مےٚ ہنوٚمانن واریاہ ٹائنکی ہیتھ ہتی بہانہٕ اوسنم کوٚرمُت زِ
مےٚ چھُنہٕ گرِ بوجن کرنہٕ خاطرٕ کہیں مگر پتہٕ بوزُم زِ سُہ اوس تمہِ دوہہٕ شامس
شوُدرجوُنہٕ گرِ ناتھس تہٕ شامہٕ یڈٕس ستی پھلاش گِندان۔ خأر ووٚنی أسی مےٚ
واپس آمتِس نوٚر بتھ ہمتی مگر سیتایہِ ہُنٛد اوس نہٕ نیالے گُنہِ تہٕ نہَ اوس لکھشمنس
کانٛہہ غم۔ اکہِ دوہہ ییلہِ یہِ پھٹنس آس مےٚ وڈُن وتہِ پکان سمکھتھ
لکھشمنس۔

"ژےٚ کیا زِ تھووُتھ نہٕ سیتایہِ ہُنٛد خیال، ووٚنی کتہِ ژھارَن" ......سُہ
وۄتھُم توٗرٕ۔

"رام جیا، مےٚ چھا چیٚنٛژ چأنی زنانہٕ ژھانڈَنِ، گژھ ژھانڈُن پانےَ،
ژےٚ کوٚرتھس بہٕ تنگ، گژھ تم کتھی نکہٕ وأرِ زِ تہِ گیی ژےٚیے۔ أزی کہِ پتہٕ
چھُسےَ نہٕ بہٕ چون یوٚرے"۔

یہِ وُنتھ دزٕ او لکھشمن سگریٹ زالان تہٕ بہٕ گوس سخ پریشان۔
سأرِی سےٕ پھیرِتھ سمکھ مےٚ أکِس مندرس نِش پٔنن ژاٹھ ہنوٚمان۔ مےٚ
کوٚرتس نمسکار تہٕ لوٚگس پرٕژھنہٕ۔

"ژےٚ مابوزُتھ سیتایہِ ہُند پَے ۔ بہٕ چھُس پھٹنس آمُت !"

ہنوٗمانن دِژ اورِ یور نظرٕ تہٕ گرٛنم نرِتھپ تہٕ مندرٕ نِشہِ دوٗر کڈِتھ کڈٕ ٲتمی سوٗم رس بوتل تہٕ دام جورا چیتھ لوٗگُم وننہ ۔

"بہٕ مہارا اوسُس مندرس منز کتھاہ بوزان زِ مہا ہنوٗمان جی یَن کوتاہ لول چھُ بھگوان رام جی یَس بوٚ رمُت ۔ مےٚ آو وَدُن تُہی تہٕ چھِوٕ رام، بہٕ تہٕ برٕ ہوَ ہہ توہہِ لول" ۔

یہِ بوٗزِتھ آو مےٚ جیرٕ تہٕ ژکھِ سان لوٗگس وننہ ۔

"سوٗم رس بوتل تھاوژوٗرِ ۔ بےٚ شرمہٕ بوزمےٚ وننہٕ سیتایہِ ہُند پَے، یہِ ژونکھ تہٕ کربہٕ چانہِ خاطرٕ" ۔

ہنوٗمانن تھاوٗ میانہِ احترامہٕ موکھہِ سوٗم رس بوتل کھُٹِتھ تہٕ وۄتھُم ۔

"مےٚ بوٗزراتھ مندرٕ کِس پاٹھ شالس منز سیتایہِ ہُند پَے، سوٚ چھےٚ یِیمہِ شہرٕ اپارِ بیٚیِس شہرٕ کِس زوٗیس منز راونس ستی، تو رواتنہٕ موکھہِ چھُ کۄدل تارُن سبٹھاہ ضروٗری"

ہنوٗمانہٕ ہِنٛز یہِ کتھ بوٗزِتھ پھچہٕ مےٚ زنگہٕ، تکیازِ زوٗیس تام واتُن اوس مشکل ۔ بہٕ وۄتھُس ہنوٗمانس کُن ۔

"کانٛہہ اُپاے کرِتھ سیتایہِ تام واتنہٕ وتھ نیرِ"

"رام جی ! کانٛہہ پرواے چھُنہٕ، تُہی دِیوٗ چندس ہوا، بہٕ کرن کۄدل تیار"

ہنوٗمانن وۄنی یہِ کتھ ژوٗرِژوٗرِ سوم رس دام چوان تہٕ مےٚ کۄڈی تم

سأری ٹأنکی یم مےٚ ؤرۍ یہِ بدو پٹھ سوٚ مبرأوؠ ہتۍ أسۍ تہٕ دِتم تم ہنوٗ مانس، تٔمۍ تُجہِ ووۄٹہٕ، زن کوٚ ڈُن لچہِ ٹاس تہٕ دزاو کدٕل بناونہِ۔ مےٚ سپُد اطمِنان زِ ووٚنۍ دزایہِ سیتایہِ تام واتنس وَتھ، ووٚنۍ روزنہٕ بہٕ زیادٕ کالس سیتایہِ نِشہِ دوٗر، مےٚ آسہِ سیتایہِ ہنٛز بجہِ بجہِ سوٚرمہِ چشمہٕ یاد پیوان، تٔمۍ سُند زِیوٚٹھ کرٛہُن مس تہٕ زأوِیُل کمراوسُم بُتھِ یِوان تہٕ ووٚش اوسُم نیرِتھ ژلان۔ کینٛہہ کال گوٚمِتھ آو ہنوٗ مان۔ تٔمۍ اوس سوم رسہٕ ہتۍ زن سرٛان کوٚ رُمت تہٕ اڈٕ کھہِ زیوٚ ووٚتھُم۔

''کدٕل چھُ بنان، واریاہ ٹھُٹھی گیہِ تیار، پتاہ چھیہِ لکھشمنن أسہِ چانہِ نیرنہٕ پتہٕ سیتایہِ ہندس مستس موٗنۍ تہٕ گرٛہوٚ، ذلیل، باقٕے گوٚ وبہٕ دِمےٚ سِیتایہِ انہٕ خأطرٕ ژےٚ خوٗن، دِیٚیہٕ ٹأنکی''۔

ٹأنکین ہُند بوٗزِتھ ژٔج مےٚ وأنج نیرِتھ، مگر مجبوٗر اوسُس لکھشمنٕنۍ ژٔکھ ژأپِتھ دِژمےٚ چندن ژھأنڈ تہٕ ٹأنکی ہنوٗ مانس حوالہٕ کرِتھ کوٚ رُم سیتایہِ ہندِ موکھہٕ پٔتن پان کنگال۔ ہنوٗ مان دزاو نژان نژان تہٕ گیوان، ہیٚریم وُٹھ اوس ہنوٗ مانس زیادے ہُنیومُت۔ مےٚ ترٛووپھرٛ کھ زِ ووٚنۍ گوٚمہٕ ؤلی ؤلی کدٕل تیار تہٕ بہٕ رٹن سیتایہِ نالہٕ متہٕ تہٕ پرٛژھس ژےٚ کوتاہ اپُد اووتُےمےٚ پتہٕ، مےٚ دِیہِ زِ معأفی جُدأیی منٛز آسہٕ مےٚ چانہِ ژھلیہِ گوٚمان۔

واریاہ کال گوٚمِتھ باسیوٚ مےٚ زِ ووٚنۍ آسہِ کدٕل تیار سپُد مُت، توَے دزاس بہٕ ہنوٗ مان سُند گرٛ کُن مگر وَتہٕ بوٗ زمےٚ سخ شور تہٕ لُکھ أسۍ ونان زِ

''ہنوٗ مان یُس کدٕل زوٗس تام بناوان اوس سُہ آو ؤسِتھ تِکیاز تتھ أس

سیمٹہٕ بدلہٕ سکھ لاگنہٕ آمٕژ"۔

یہٕ بۄژ زِتھ زن ژاٮ۪ہِ مےٚ واوِ دَکوٕ ستیٚ أچھن سکھ تہٕ پتھر آس لاینہٕ۔ یہٕ گوس ہنٛز مان سٕنزِ جعلسأزی ستیٚ تباہ، پتہٕ وُچھنہٕ مےٚ ہنٛز مان زانٛہہ تہِ۔ اکہِ دوہہٕ گوس بہٕ کٔدلس نظراہ دِنہِ سہٕ اوس سورُے آبس گوٚمُت۔ کیٛنٛہہ کنہِ آسہٕ بوزنہٕ یِوان۔ یہِ ڈیٛشتھ ترأو مےٚ سیتاہِ ژھانڈٕنچ کتھے تہٕ ژاس أکِس مندرس منٛز، پانس موٚتھم سُورتہٕ بڑ وٕنہہ کنہِ زأجم دوٚنی تہٕ لوٚگس سیتاہِ ہنٛز تپسیا کرنہِ۔ مگر اکہِ دوہہٕ آیہِ اکھ سوٚندر مال پڑٕنٛی تہٕ گنٛز تہٕ سوٗلجم تٔلی ٹاریو وُچھنہِ۔ مےٚ آو أسس آب، دِل بڑیٛموم تہٕ سرٛان گٔرتھ دژاس تس سوندر مالہِ ستیٚ، تمہِ روٗٹ میٛون اتھ زورٕ سان پنٛنس اتھس منٛز تہٕ گٔرمس پھمبہٕ اتھس موٚنی، أتھی منٛز کوٚر تمہِ مےٚ اشارٕ تہٕ کمہِ ہٮ۪ٹہِ وٕژھم۔

"وُچھ وُچھ، جوٚریاہ کیاہ چھےٚ پکان"

مےٚ دِژ نظر تہٕ سیتاوُچھم راوٕنس ستیٚ نرِ منٛز ٔر ژھنٛتھ پکان تہٕ باشہِ کران، مےٚ پھوٚرنہٕ دِتہِ، سوٗنچم زِأسی چھِ سأرِی ننگےٚ پکان۔

☆☆

# بغاوت

مےٚ تُج ژھرٕ ژھرٕ کرٕ وُنہٕ میوٚ بنہٕ مژٕ گنی وُپھ تہٕ پشہٕ دُندِس پٹھ ہِتھ ژُجس یون گُن وُچھنہٕ، یونہٕ اوس ہےُ وۄ تھمُت، کینژھہ ملیہٕ بُرٕ ژ رَتہٕ ژاٗنگی ہشہٕ اُچھ آسہٕ دزان تہٕ تیل اوسکھ پھیٖرِ پژ یڈان۔ مگر کینژھہ اُچھ آسہٕ زاگان تہٕ شاٗنکان، یچ تہٕ سَرُ پھ اُسی ساۓنس مُرِس اُندی اُندی گتھ کران تہٕ زبو کڈی کڈی ٹوپَن پیاران۔

مےٚ اوس یہ ڈیشتھ اُسن یوان، ہرگاہ زن بےٚ وقتہٕ پاٗنی پانے میوٚ مرِ مژٕ نیرنہٕ ںکنی دِل ملۄل اوسُم، مگر مَن اوسُم سبٹھاہ لوٚت باسان، پنہٕ آزاٗدی پٹھ اٗسس اُندرِی توشان تہٕ سونچان اٗسس زِ نوِ سفرُک سنز چھُ کرُن۔

مےٚ اوس پشہٕ دُندِس پٹھ ہِتھ اکھ نوٚوُ ے عالم باسان، ہیوٚ رہیوٚ رگن آسہٕ نہٕ خشمہٕ ہژٕ اُچھ زاگان تہٕ نےٚ آسہٕ لیٚدر بن دَندن ہنزٕ ٹیٚچھ کتھ کٔمن گژھان۔ اکھ نوٚوُ ے ماحولاہ، مگر وُنہٕ زن اوس نہٕ مےٚ تہٕ کل یگس درمیان رزِ، پورِ پاٗٹھی ژھبن لوٚ گمُت اوۓ اوسُم پوٚت کال ژتبس پیوان، یتھ کھوژوُن انہٕ گوٚٹ، شوٚنگتھ شہمارن ہنز کھیٚش تہٕ دودِ سرٕ یہ ہچ یوے،

وأے، دوۄِ سرٛ یہہ، دوۄِ چ دھارتہٕ تمِیگ شہجار، زن بوٗنہٕ شہجار، پوشہٕ وُن شہجار۔

کل یُگ کِس اتھ لشکرس منٛز أڈی دأدی کھاہ تہٕ أڈی زِلنس پیٹھ، أڈی گرِ یہِ زأری ہُنٛد تماشہٕ وُچھن وألی، مے...... چھےٚ یِیمہِ پشہِ دَندِ پیٹھی أکِس کوٗنس منٛز اکھ سٔر پھٔہنی نظرِ گوھان، وُنی کینہ کیاہ چھےٚ میانہٕ باپتھ تعریفن ہنٛز پینٛز ییران، مگر أندری أندری چھےٚ سبٹھاہ کرٛہنی یاد چھِم پیوان یِیلہِ میانہٕ باپتھ زأنپانہٕ ہیوٚتکھ بناوُن، امہِ سٔر پھِنہِ ہیوٚت تتھ زأنپانس گوڈنیک گنڈ مگر کینہہ کال گوٚھتھ دِتُنس دزوت تہِ پانے، مے وۄتھ أندری وأراگ، مگر کتھ کھیٚیم تہٕ أندری گیٚس موٗمکی پأٹھی وبگلان، یاد چھِم اکہِ دوہہ آیہِ یہِ سٔر پھِنی بیٚیہِ پننہِ آلہِ منٛز نیرِتھ سأنس مُرِس منٛز میانہٕ باپتھ زأنپانہٕ بناونہٕ مگر ستی لُہر ووُن بیٚیہِ تہٕ بہٕ گیٚس أندری شرٛ وپان، ژمان تہٕ موژان۔ کتھِ دزاونہٕ سُرِ بنہِ کاو، زن نہٕ تمہِ کہیں اوس کوٚرمُت تہٕ از چھنہٕ یِہے سٔر پھٔہنی میانہٕ باپتھ تعریفن ہنٛز پینٛز ییران تھکانے۔ مرتبہ کیاہ چھےٚ کھالان۔

ہُپأری چھُ سہ......آ......کوچہ گلِس پیٹھ باتہٕ أچھ کرِتھ مَہہ کال ہیوٚ زن کلہٕ بون کُن تھوٚتھ دوکھ باوان، مگر کانٛسہِ ماپے یہِ چھُ سورُے بوٗہتان، دُنیاوِ یہہ وس، دپان اوس ہنٛدرِ ے چھِم نہٕ یِوان، روپھ گرٕ ے، سون گرٕ ے، زانہہ تھاوتھ نہٕ موحتاج، مگر وارِ وارِ ترٛ اُون شونگ، لوٚب ہیوٚتُن تہٕ باس دِتُن نہٕ کانٛسہِ صرف رودُم ونان

"بہ لڑِ چانہٕ باپتھ، کُنی نظر کرنک صبح پھولہٕ راون۔یتھ زِساٲرِی حاٲرتس گژھن تہٕ ژٕ تھاوتھ گُلِ گولاب ہش وچھس اندر مگر" .................

مگر یہ سورُے دژاو اپُز، لڑُنہٕ بڑو ٹھے پھیوٚر پوٚت، لیٚدربن دَنٛدن ہنٛزن ٹیٚچھن کتھَن تھوٗن کن تہٕ روٗدُم صرف وُٹھو پیٹھی مامے باوان، اُسن چھُم یوان زِ یہ مہا کال باتٕہٕ اُچھل وُنہ ِ کلہٕ یون گن تھاوتھ دُنیاوِیہہ وَس دوکھ باوان۔یتھ پشہِ دُنٛدس پیٹھ ہیتھ چھی مےٚ یون گن ہُپاٲرِ تہٕ یپاٲرِ بچی بچ نظرِ گژھان ۔یمن ہنٛزِ زیٖوُنی کیٛمن میانہِ باپتھ تعریفن ہندی تیٖژاکی چھِ کھالان مگر دِلن منٛز چھُکھ ملےٕ مَل، ساری کاینا تگ مَل۔

اما ، اما یہِ دوِد سرٛ یہک آگر کوٚت سنا گوٚو ، کتھ کوٚنس منٛز چھُ شرٛ پیوٚمُت ۔آ......ہاں......آ......ہُہ کیاہ چھُ اُکس سٕر پھنہِ ہنٛزِ کوچھِ منٛز میانہٕ دادِ چھورِ چھور کران ، یِی دِلس منٛز تِی چھُس اُچھَن منٛز تہٕ وُٹھن پیٹھ ، سونچان چھُس یَمہِ پشہِ دنٛدِ پیٹھ وسہٕ یون تہٕ نالہٕ متہٕ رٹن ، دِلاسہٕ دِمَس ، بوسہٕ کرس تہٕ اجازت ہمس زِ یہٕ دژ الیس امہٕ ترگہٕ منٛزِ ، اتہٕ اُسم بچ تہٕ سَرٛ پھ مامے لا رگتھ لوپہ یوان ، لبدربن دنٛدن ہنٛزِ ٹیٚچھِ کتھٕ موٕمکی پاٗٹھی وبگلاوان۔

بہٕ ......بہٕ ییٚر ......مےٚ ......مےٚ ہیوٚتُن بیٚیہٕ پوٚت کالک انہِ گوٚٹ تہٕ واٗراگ یاد پیوٚن ، جان گوٚو زِ یَمہِ پشہِ دَنٛدِ پیٹھ اتھ کل یگس لتھ دِتھ کُنی وُ پھ تُلتھ نوِسفرُک سفٕز کرُن۔

☆☆

# وُہمہِ صٕدی ہنٛدِ اٰخری ؠچ بیوگرافی

بہٕ اوٚسُس سخ پریشان زِ حکومت جموں و کشمیر چہِ کلچرل اکادمی ہٕنٛدِ طرفہٕ آمتِس کنٹریکٹس باپتھ کیٛاہ لکھہِ افسانہٕ، تِکیازِ کانٛہہ خیال اوسُم نہٕ ذہنَس منٛز پیوٚمُت یا گنان، حالانکہِ سوال اوس نہٕ زِ افسانہٕ گوٚژھ نوِ آیک گژھُن بلکہِ سوال اوس صرِف اکادمی ہٕنٛدِ طرفہٕ دِنہٕ یِنہٕ والہِ دون ہتھن روپین ہُنٛد، اٰتھی پریشاٰنی منٛز اوسُس بہٕ پٔتِس اٰکِس دوستہٕ سٕنٛدِس دفترس منٛز بُخارِ نکھہٕ بِہتھ، میٛون دوس اوس پرٛموشنہِ تہٕ اکھ نٔو دِگنی پھاسنہٕ چہِ پریشاٰنی منٛز ییرِ نہٕ آمُت۔ دوشوٚے اٰسی ژھوپہٕ دَم گرتھ سوٗنچان زِ اکھ جوان ژاو کمرس منٛز اٰتھَن پھش پھش دِوان تہٕ ترٛیستی ہٹہٕ ہٹہٕ کران

''اوہو...... بیٛا کھ درویش پیوٚ دوٲ تتھ''

میٛون دوس وۄتھ لتس گن تہٕ سہٕ لوٚگس اوٕ رِ وننہِ

''رِکھو چھِہم درویش وَنان، بہٕ ہامُوٗ دُس ۱۹۸۶ جنوری کہِ ہُوٗمہِ تأریخہٕ اوس رات رأژ ہُنڈ کم کھوتہٕ کم درجہ حرارت منفی ۱۹/ عشاریہ ۳ ڈگری سلسیَس تہٕ وُنی کیٚن دوہس چھُ منفی ۷ ڈگری سلسیَس''......!!

''اِد ووٗنی ژےٚ کیٛاہ!'' میأنی دوستن پرٛژھس۔

''بوزوٗنی، دپان ۲۲/ وٕری گوٚوھتھ لوٚگ ازبیٚیہٕ ڈل جھیل تہٕ لُکھ چھِہ چار چناری تام ڈلس کانگرِ تَھو تَھو پیٛدَل تران، شُرۍ چھِہ ڈلہٕ کَس وٕچھس پیٹھ فٹ بال گنڈان!''

''بوٗ زہازِ ژٕ آکھ تاز خبر ہیتھ زن نہٕ پےٚ چھےٚ کانٛسہِ، کر بدل کتھاہ، دوہس کتہِ اوسکھ تہٕ ہتھ معاملس کیٛاہ کوٚ رُتھ''۔

میٛون دوس ووٗتھ تس کُن اشتیاقہٕ سان۔

''روٗ ٹنکھ مٔتس بتہٕ ہے کُن فِکر، ژےٚ گوٚوھنےٚ صرِف ذأتی شیٛڈوٗل باوٕنی تہٕ بیٚیہِ تہِ تیٚمس تھی............!''

میٛون دوس ووٗتھس درجواب مےٚ کُن ہاوان ہاوان

''یہٕ چھُنہٕ کانٛہہ وو پر، یہِ بوزتن دوٗیم درویش تہٕ بہٕ وُہمہِ صدی ہنٛدِ ۱۹۸۶ تک ترٛییم درویش''۔

''اِد سہ تہٕ بوز، سو أس ازبیٚیہٕ آمو، ٹوٹل چھےٚ پنداہوٕرِش، کیٛاہتام چھِم گوٚوھان، تس تہٕ مےٚ چھےٚ وُہن زُتو وہِن وٕریٚن ہنٛز فرق، مگر کیٛاہ کرٕ، تس ہا چھےٚ اکھا کھاُ چھ، از چلاوِم ژٕ وےٚ ٹھِگل۔ےٚ وُنمس نصیحت کران کران زِ تی

وی لیس پیٹھ شکل ہاؤنس یا ریڈیوہس پیٹھ پروگرام دِنن چھنہٕ وُنہٕ چون منزِل۔ ژٕ پَرِ ڈاڈ گرِتھ۔ بی اے کر، ایم اے کر، اِڈ گیہ کتھاہ"۔

"ژٕ ہے گوکھ مکار، اچھا تمہٕ کیاہ وۄنُے تور"

"تس باسیوس بہٕ سبٹھاہ پُنٛن زن تہٕ اکھ سرپرست، اکھ وتہٕ ہاوُک تہٕ مےٚ چلاوینہٕ ہَن درویشی، دۄ ہمس پھاشُن چھِ ایم۔ اے کرنہٕ پتہٕ شۄبان، یوٚ ہے لفظ ونان ونان پھری مس ہُمن پیٹھ پننہٕ اونٛگجہٕ تہٕ لوٚگس وننہٕ

"ہانٛج کھِ تپالہِ، بمہٕ چھتھ أندی أندی کاسہٕ مژٕ، تمہٕ تژ اوِأچھ ہون گُن، مےٚ پھیر یوچھِ ہتس نفسس تراوتھ، مس ہا چھس اللہ اللہ، اِڈ واریا ہو دوہو پیٹھٕ اوسُم دِل کژ یشان زِمتس پھرِ ہَس زالی پنٕنی۔

"گوٚ واز چھتھَس کشہِ مستس سائل کوٚرمُت"

"آ...... موقعہٕ آمنا، مےٚ وۄنَمس ژےٚ ما چھی أزی کہِ پھاشنہٕ حسابہٕ مَس تہری کٹ گری ہتی، بہٕ وُچھِ ہے"

"No Sir، تہٕ وُچھو، بہٕ چھَس نہٕ تژھ کور"

سوٚ لٕج پی وننہٕ زِمےٚ گرمَس وارٕ وارٕ مستہٕ تہرِ بن تھھ، تُمی سُنٛد کژ ہُن مَس پھرِ نووُم پننہٕ نوزالوٗ کنہِ تہٕ تژیشہِ ہتس نفسس پھیرِم تراوَتھ، ہانٛج کھِ گجہِ، مس تہری چھتھ ہنا کٹ گری ہتی، اچھا بتھس کیتھ ووز جار چھے، ژٕ ما چھکھ ووزٕ ج پوڈرملان، لٕج کھِ سُٹھکہِ"۔

"نہٕ حض، نہٕ مہارا، نہیں جی، نوسر، تُہو وُچھی تو، یمہٕ چھےٚ اورے

ووزجہٕ......"

مےٚ تُل وُلی وُلی ژٕھن اتھ تہٕ اونگجہٕ پھِرِ ناوِمَس توٚن بُتھی لبن پٹھ تہٕ سخ تژلیش ووتلیٖم، مگر تاون پو چیرا اُسس زِسہ ژاو کمرس منٛز تہٕ بہٕ ووٗتھُس تس کُن باشبرٕ باشبرٕ:

"ٹھیک چھُ، ٹھیک چھُ ژٕ یہِ نوٚ ہفتہٕ، اکھ پروگرام چھُ مگر یاد تھاو، ابھی تم چھوٹی ہو، پڑھائی کی طرف زیادہ توجہ دینے کی ضرورت ہے، او۔کے......"

تمہِ ووٗن یون کُن وُچھان وُچھان

"او۔کے سر" تہٕ دژ ایہٕ۔

گوڈنیک درویش اوس پتُن ذاتی شڈوٗل باوان زِبیا کھ جوان ژاو کمرس منٛز۔

"اوہو، اووہسا ژوٗ ریٖم درویش تہٕ"۔ میوٚن دوس ووٗتھ تس کُن:

"بِلکُل ژو ریٖم درویش گوس بہٕ، یعنی قصہ چار درویش سپُد پوٗر"۔

"ون سہ بابا، ژے آسی سو سمکھیمٕ، گوڈٕ چھے نہٕ تس پنٛژ اہ وُری شہِ ستی گال گژھان"۔

"یِیلہِ گال چھے، تیلہِ کتھ چھُہم پز ژھان، کر بدل کتھاہ......!"

"گوکھ ناراض، مونگ ہا چھُم مران، وَنو ووٗنی ......!"

"تِی وَن، بوز، ازتہٕ لوٗگ اسہِ دوشوٚنی بیٚیہِ تار، تہٕ نیران نیران وُژھم:

"اکھ اصل کتھ بوز، ہسبنڈ دژ ام دون ہفتن ہٕندِس دورَس پٹھ By air

جۆم۔ یمن دوٚہن یی زِبلا خطر، باقے روٗ دمیانہِ کورِ ہُند کھٹک، تس أنی زِ خوش
تھاونہٕ باپتھ ہتس دوٚن ہتن فراک سوٗٹھاہ......!''

تمہِ وۄن کمہِ ہٹہِ تہٕ مےٚ تہِ ووٗنمس موٗت لأ رگتھ

''ف۔ف۔ فراک سوٗٹھ اننہٕ بہٕ، مگر...... مگر تمی سُند تہِ چھم کیاہتام
گوٗھان، زن تہٕ چھےٚ سوچأنی جوأنی''......!

''یُوناٹی ینگ مین، ترٛٹھ چھےَ زن سوہےَ خاندرٕ گرٛا رکنی چھےٚ......''۔
تمہِ وۄن یہِ کمہِ اندازٕ تہٕ روٗٹنس نالہٕ متہِ، مےٚ پرُژھمس
''خبر یاد چھیہِ، اکہِ دوٚہہ ووٗنتھ ژےٚ
''میوٗن ٹاٹرِ کلہٕ ہسبنڈ چھم کورِ ہنٛز کالج وبہِ منٛز سبٹھاہ دلچسپی نِوان،
برٛ ٹھیٖ مُت چھُ، یِیلہِ سو یوربِ وان چھےٚ ہیروگی کیاہ چھُ ہاوان''۔

''یُٕ ناٹی ینگ مین کرژھوپہٕ، دوٗپےَ پگاہ یی زِ ضرور''
یہِ وَنان وَنان روٗٹنس بیٚیہِ نالہٕ متہِ، اِدٕ پتہٕ متہٕ بوزتہٕ۔

یہِ بوزان بوزان ژوٗل تریٚشوٗنی درویشن اُسن نیرِتھ تہٕ مےٚ باسیوٚ وبہِ
چھس ژوٗ رِیم درویش، ہن ہن یمنے ہیوٗ، یی سوٗنچان تہٕ کران۔ ژٕ، ہُہ، پرن
وأُلی، بوزن وأُلی، لوٗکٹ، بڈٕی، واریاہ یی پرٛژھان، اڈِ بن نہٕ پلان تہٕ أڈی
کران تہِ۔

☆☆

# مۄژ

پھمبہٕ أس سبٹھاہ شکیل، اِو۪ کنۍ آسہٕ محلس منٛز پٔژ بتھ طرفہٕ چشمہٕ تس کُن ووتھان، مگر سو أس نہٕ زانہہ تہِ أچھ ٹلان، یَمہِ کنۍ محلکۍ لٔڑ مَس تس سُکرے ونان أسۍ تہٕ وتہِ وتہِ تنگ کران أسۍ۔ مگر سو أس کلہٕ ہن بون کُن تھٲوِتھ کالج گژھان تہٕ گرٕ پتھٕ یوان۔ بہٕ تہِ اوُسس تمن دوہَن پرنہٕ کِس گِرداب منٛز ہینہٕ آمُت۔ دِل اوُسم نہٕ ڈنٛجہِ روزان۔ یِمہِ کنۍ میانہِ أچھ تہِ گاہے گاہے تس کُن ووتھان آسہٕ مگر کمہِ تام اکساسہٕ کنۍ آسہٕ میانہِ نظرٕ پاٚنۍ پانَے أچھر والن منٛز ہینہٕ یتھ پُتھرِس لاینہٕ یوان تہٕ مے اوس سأری ہیے پانس عأرقہٕ سرٛان گژھان۔

اکہِ دوہہ لوٗکُن کالجہِ چھٹۍ گژھتھے زبردست روٗد۔ دَوان دَوان چھوٗپُس بہٕ أکِس بس سٹاپس تل، لُکھ أسۍ اورِ یوردِٕ دَوکران۔ أتھۍ دِوِدوِ منٛز آیہِ پھمبہٕ تہِ أتھۍ بس سٹاپس تل چھپنہِ۔ سو أس آبہٕ آب گمٕو، تمۍ سُند

سوزُے بدن اوس أ درِ فراقہٕ مٕژی پننہِ وجوٗدٕچ باوتھ کران۔ مےٚ دِژ کھوٗژی کھوٗژی تس گُن اکھ نظر، مگر مےٚ اوس نہٕ پَے زِ پھمبہ چھےٚ مے گُن گوڈے وُچھان، تمہِ شوٗرمیانہِ نظرِ ستی وُٹھن پیٹھ اُسن زِ مےٚ پھوٚل وچھس مٕژ تمی سُندِ حُسنُک گولاب زن مگر ٹھہر یوٗس۔ یتھے سومےٚ سبٹھاہ نکھٕ آیہِ مےٚ ہیوٚت اَنٛد گُن ژلُن زِ تمہِ کُمہٕ لاوی لوتہِ لوتہٕ پننی وُٹھ:

''ژلان کیاز ِ چھُکھ کور بن ہٕندی پاٹھی چھکھ مند چھان......''

یہ بوٗزِتھ ژجہِ مےٚ زن عاٰرقہٕ ژھٹہٕ نیرِتھ، گلہِ گیم زبوتہٕ سونٛچ پییہِ وننہِ:

''سانہِ محلٕک چھُنہٕ یتھ بس سٹاپس تل کانٛہہ، ژٕ کیاز ِ گوکھ کوٚل کتھ کرٕ''۔

بہٕ گوس حاٰران زِ یہِ چھا پھمبہ رِکنہٕ بییہِ کانٛہہ، مےٚ تُجہِ پننہِ أچھ تمی سٕنزن گولاب چشمن گُن، سو اَس تورٕ وُٹھن پیٹھ اُسن شیرِتھ مےٚ گُن وچھان، أتھی مٕژ آیہِ بس تہٕ مےٚ رٕٹ بٕر بار مٕژ ہنگہٕ منگہٕ تمی ہٕندِ باپتھ تہِ سیٹ۔

بسہِ مٕژ أسی أسی اکھ أکِس نکھٕ بہتھ، تمی ہٕندِ بدنچہِ خوشبویہِ ستی اوس میوٗن دِل شاداب گژھان، أسی ہیکی نہٕ دوشوَے کتھ کٔرِتھ۔ تِکیازِ أندی أندی آسہٕ أچھی أچھ، أسے أس۔ خاٰر کینژن رتنے مٕژ آیہِ پھمبہٕ مےٚ سبٹھاہ نکھہ بہٕ اوسُس گابران مگر پھمبس اوس نہٕ کانٛہہ پرواے گژھان۔

''أہس زیادَے گوٚمت، مس گھیٚشی أنی تھم کڈِتھ......''

''پھمبَے ژے کیاہ چھے اتھ ییتس زٕ اٹھِس تہٕ کرٕ ہنس مستس کرٕن''۔

''گوٚو ژےٚ چھے أتھی پیٹھ نظر''

''اَہنہِ نظر چھُم مگر دِل چھُم گابران زِاتھ مستس گوٗژھ نہٕ کانٛہہ تھپھ دِتھ ژلُن''۔

''اعتمادس ہےٚ کأم......''۔

''پھمبے یمہٕ گیہِ پژٕ ژ، لاچأری چھےٚ گاٹہٕ جارس تہٕ اعتمادس چھلہِ چھلہِ والان''۔

''مےٚ چھےٚ چأنٛی لاچأری ٹأٹھ''۔

''پھمبے یہِ چھےٚ ژےٚ جنون تہٕ وَق ونہٕ ناوان، پگہکی رنگ آسن ژٕوی ژٕوی، یوٗگن گاش توری گن سأری لاران''۔

''خبر ژےٚ ہتی کس چھےٚ ہکتھ___''۔

''پھمبےَ بہٕ چھسےَ پوٚز ونان، پگاہ ییلہِ ژےٚ بیٚیہِ کانٛسہِ ہتی خاندر گوٚھی ژٕ سمکھکھ مےٚ تہٕ ونکھ تقدیرس کیٛاہ کرِ کانٛہہ!''۔

''سوالے چھنہٕ بہٕ پھرٚن تقدیرُک روخ ژییٚ گُن''۔

''پھمبے وق کرِ فأصلہٕ''۔

یتھٕ پأٹھی روٗز پھمبہ مےٚ یژھان تہٕ کانٛچھان، مگر مےٚ اوس گوڈٕ پیٹھے زن باسان زِ پھمبس دِیہِ کانٛہہ تھپھ، اوَے اوُسس نہٕ بہٕ اتھ معاملس منٛز زیادٕ جوٗنی بنیومُت، پننٛی حالات نظرِ تل تھوٗتھ سمجھاوسو مےٚ مگر سو کتھ مانہِ ہا، سوٗ اَس نوے نوِ کتھ ونان۔ اکہِ دوہ اُچھم وننہ:

''میٲنہِ کلیٛاہ......!''

''کہے زِ پھمبہٕ گجی ......''

''وُچھ مےٚ چھِ داہ روپیٔنس زِ حصہٕ گرٕ ئتی ، رٹھ ژٕ اکھ''

''ہسہ رۄٹِم تہٕ پتہٕ'' ۔

مےٚ ناتگان ونہٕ نےٚ ، پھمبس پھۄل بُتھس پٹھ اسۄن گولاب ۔

''ونہِ ووٚنی''

''خہ...... خاندر کہِ دوہہٕ رلاوَکھ ژٕ داہ روپیٔنگ یہٕ اوٚ ڈ حصہٕ میٲنس

اُڈِس داہ روپیٔنس ستی ، اچھابہٕ وژایہِ سئے'' ۔

یہٕ ونان ونان ژٕ ج سو تہٕ یہٕ لوٚگس اُڈس داہ روپیٔنس وُچھنہٕ ، مےٚ باسیو و

زَن تہٕ میانہِ وَچھِ منز اوٚ ڈِل پانس ستی نیٚون تہٕ گُنی دَوکیٚڈن ۔ مےٚ دِژ نظر سو

اُس موڈس تل وأتتھ مےٚ کُن وُچھان ، یہٕ گوس سبٹھاہ پریشان ، سوچُم

پھمبس ونہٕ زِ میون ژےٚ تام واتُن چھُ سبٹھاہ مشکل ، ہےٚ پوٚت ، مگر تس

رۄ برۄ وَننس اوس نہٕ وار ، مےٚ ہیوٚت وارٕ وارٕ لوٚب حالانکہِ وچھس منز اوسُم

اوٚ ڈِل چھور چھور کران ۔ مےٚ کوٚر سبٹھاہ ضبط تہٕ واریاہ کال گرِھتھ کوٚر مےٚ

تس پنٕنین گھریلۄ حالاتن سام ہتھ جواب ۔ سو وژلیہ تمہِ دوہہٕ ژھوپہٕ دم گرِتھ

زن تہٕ ہنگہٕ منگہٕ گج گیہٕ ۔ مےٚ توٚگ نہٕ کہیں سوٚنچن تہٕ پنٕنس چھورٕ چھورٕ

کرٕ ونس اُڈِس دِلس تھپھ گرِتھ وژاس بہٕ تہٕ ............

کینٛہہ کال گوٚھی تھےٚ وُچھ مےٚ پھمبہ کالجہِ کس اَکس آوارٕ لرٕکس

ستی ۔ وق گوٚ وپکان تہٕ مےٚ کوٚر جگرٕ تہٕ وتھ ڈٲجم ، امہِ پتہٕ اُس سو مےٚ وتہِ وتہِ

بدلے بدلے نوجوانن ہِتی نظرِ گوھان، بہ اوسُس أچھٔو ان تہٕ نیران تہٕ أتھی
دوران گوس بہ نمبر ٹرینگ کرنہِ، پھمبہِ زن أس مے تورتہِ ہِتی۔

''مس کھیٚشی ہا کڈتھم، أتھی ہاداہ روپیٚک حصہٕ ہاتھاوی زِ وارِ پأٹھی''۔

سو أس ٹریٚنگہِ دوران پڑٕتھ ژِہس میأنمن خیالن تہٕ کتابن ہٕندِ ن
ورقن پیٚٹھ النہٕ تہٕ ولنہٕ یوان مگر سُہ حال أستھ تہِ رؤدس بہ لۄب تہٕ دۄرے
رودُس تمی سُند تصوُر کران، میانہِ ٹریٚنگہِ دورانے أسکھ سو خاندرِ چہٕ والہٕ واشہِ
تہِ لأجمٕو تہٕ پتہٕ ییٚلہِ بہ ٹرینگ ختم گِوھتھ واپس ینہٕ پتہٕ نوکری لۄگُس پھمبہ
پیٚیہِ مے ہنگہٕ منگہٕ اکہِ دوہہٕ بینکس تل بُتھِ، بہ ژٕجوس مگر تمہِ کۄرنم آلو......

''کُرتھا ٹرینگ''۔

''آ......آہنہِ......''

''ووٕنی کتھ چھکھ کھوژان......''

''کہِ......کہٕنی ......ناے کہیں نہٕ......''

''سُہ اوٗ ڈداہ روپیٚن کتہِ تھووُتھ''

''خبر کمن کتابن منز آسہِ لۄگمُت!'' مے ووٗنمس ٹگی مگر تس آیہِ اوٗش بکہٕ
تہٕ لُجم ونہِ:

''کوتاہ سنگ دِل چھکھ''

''یہ چھُ میأنمن حالاتن ہُند قصور''۔ ''چأنی تیٚمی قصوٗرن بہ دہن اتھن تل
لأجنس، اڈُو نیٚہ ہم کلہ پیٚٹھ ساڈُی، اڈُو نیٚوٗ ہم پُرس تہٕ اڈُو پھٹرا وِہم فریب

دِتھ نربن ہنز بنگرِ تہٕ پتہٕ لأ جنس مالِی ماجہِ خاندرِ کس ژھلَس ، بوزوٗمے نا
گوٗسہ کوٗرزیٛنی ، خدایس منگتا پھمبس گوٗسہ نہٕ کوٗرزیٛنی ''۔

'' کیازِ کوٗرہے گرِچ شوٗب چھےٚ''۔

یہِ چھُ سوٗرے اپُز ، کوربن چھےٚ أدرِ کھل گوٗسان ، ہنہِ ہنہِ ژمان تہٕ
موٗژان ، مےٚ گوٗسہ نہٕ کوٗرزیٛنی ، خاندار چھم وَنان مےٚ گوٗسہِ کوٗرِ ے مگرتس کیٛاہ
پےٚ چھُ زِکورِ کمن کمن اتھن تل چھےٚ لگان۔

یہِ وَنان وَنان لٔج پھمبس اوٗشس دَرِ راے ، مےٚ توٗگ نہٕ کہیں وَنُن ،
سودژایہِ اوٗش وَوتھران تہٕ مےٚ لوٗگ وچھس منز اوٗ ڈدِل ییٛیہِ چھوٗرِ چھوٗرِ کرنہِ
تہٕ گوس ییٛیہِ تتھ بس سٹاپس کُن ، ییٛتہ اکہِ دوہہٕ روٗدِ شرٛ اتھن منز اسہِ أکِس
دِلس زِ حبہٕ گمتی أسی ، مگر یتھےٚ بہٕ توٗ تتھ ووٗتس تتہِ اوس نہٕ بس سٹاپے کُنہِ ، سانہِ
مایہِ ہُند آگُر اوس وقتن پانس ستی ڈوٗتھ نیوٗمُت ، بس سٹاپہِ کُنی أس وَتھ
دژاہرٛ ۔ مےٚ گیہِ وَہہ ؤستھ تہٕ دژاس گرِکُن ۔ تتہِ کوٗڈُم ستن سیٛنڈربن تل
تھووُمت اوٗ ڈ داہ روپیٛن تہٕ موچھِ منز روٗٹُم ، مگر وق اوس زالبو کُنی گوڈے
ژوٗلمُت ، بہٕ اوسُس ووٗنی زندگی ہٕلِی کانچھان یوسہٕ ؤنی ژھرتہٕ چھٔنی أس ،
ووٗنی اوس یوٗہے اوٗ ڈ داہ روپیٛن میوٗن سہار بنیوٗمُت تہٕ دوہ دوہ اوسُس
کڈان ۔ اکہِ دوہہٕ گیہِ سأری ہے محلس کرٛنکھ زِ پھمبہ گیہِ پاگل ، مےٚ تتھےٚ
بوٗز ، اتھ منز پیوم اوٗ ڈ داہ روپیٛن تہٕ پریشانی منز لوٗگس سوٗنچنہِ زِ پھمبس آسہِ
کوٗرزامرٛ ، یِی سوٗنچان سوٗنچان دژاس بہٕ کوچس پیٛٹھ تہٕ أکِس ییٛس

پڑ ژِھتھ نٔیوم زِ پھمبسؠ چھےٚ کوٗرزاہۄ تہٕ کوٗرۄ چھِتھ چھس گُنی کرٛبکھِ ژٕ چھو نیرتھ تہٕ اُنٛج گراوَدنہِ تہٕ گرااَسنہِ ، اُتھی منٛز ہیوٚتُن کورِ ہوٚٹ چیرُن زِ گٕمی تام دِزٕس تھپھ ۔ یہِ بوٗزِتھ توٚگ نہٕ مےٚ کہٕنٛہ وَنُن ، مےٚ باسیوٚ وپٕنُن پان تہِ باقین ہٕندی پأٹھی مجرم تہٕ لوتے ژٕوٗلُس گرٕ ۔

☆☆

# کتریوٗ بُلبُٹھ

سُہ ژیوٗ ہ رٔتتھ تھاُومے ڈگ۔

یاد چھُم بہٕ اوسُس گرٛیشمہٕ کرٛاہِ منٛز پرٛبتھ دوہہ عاٗرقہٕ ہوٗت تپاٗرٕ کنٛزِ نیران، ییٚتہِ سوکمہِ لولہٕ تہٕ احترامہٕ سان ترٛلیش باٗگران اُس، مے چھےٚ وُنتہِ تمی ہِنٛد بن اتھن ہنٛزٕ وٹنہٕ تہٕ ژمٹیٚمہٕ رگہٕ نظرِ گوھان۔ تس اوس ڈبکہٕ چمن گیٚنٛنِن کھُر آمُت، باسان اوس زِ تمہِ چھِ سبٹھاہ ستم ژاُلی ٚمتی، مگر پےٚ چھُس نہٕ زِ تموتہِ چھُ تس گٔڈی پرٛیٛن کوٗرمُت، خاٗر گوڈ نکہِ دوہہٕ وِژتمہِ حسبِ عادت مے تہِ باقیٚن ہنٛدی پاٗٹھی ترٛلیش ۔ مے دِتس پونٛسہٕ، تمہِ کوٗرمیانٛین ستن پیٚرِ بن دُعاتہٕ دُعایہِ خاٗرتہٕ پتہٕ روٗ دس بہٕ تس نِش دوہے ترٛلیش چھوان۔ تمی سُنٛد ورتاو اوس سبٹھاہ بیوٚن، سوٗ اُس پرٛبتھ اٗکِس باپتھ وُٹھن پیٹھ اُسن شیران تہٕ کمہِ اندازٕ ترٛلیش پلناوان، مخولہٕ کران، شُر بن پونٛسو وراٗے ترٛلیش چاوان تہٕ میٹھی کرٛان۔ اکہِ دوہہٕ روٗ دنہٕ مے پکان پکان پٹنٛین دولابن منٛز ییرٕ گرٛھنہٕ

بِکنۍ ترٛیشہِ ہُنٛد خیال زِ آلوگوٚو

"وولہٕ سہَ بیٹا ترٛیش چِھے"۔

تٔمۍ ہٕندۍ آلون ژۄٹ میانٮ۪ن دولابن ہُنٛد پَن تہٕ بہٕ گوس زن آزاد۔

سڑکہِ اورٕ یور نظر دِتھ توٚرُس۔

از اوس تمہِ سفید فراق تہٕ شلوار لوگمُت، زن تہٕ اڈٕ ورٕ کالج کۄرٲس۔

مےٚ ترٛاوتس ہیرِ یون نظراہ، تمہِ پلناوتٔ ترٛیش، اکھ گلاسہٕ، زٕ گلاسہٕ ترٛےٚ گلاسہٕ، تہٕ ٲخرم وننہ:

"بیٹا زیادٕ گرٛہنہٕ سوٚنچُن، مُنٛشِس چھُ سنکٹھک مقابلہٕ تمہِ آیہِ کرُن زِ بیٚپیس گرٛہنہٕ تمِیک باس لگُن، بھگوان تہِ چھُ تمنٕے ساہتا کران"۔

تمہِ وۄن مےٚ بۄزتہٕ بیوٚٹھُس گوڈنچہِ لٹہِ تٔمۍ ہنٛزِ ترٛیش بٲگراونچہِ سولیہرِ ہٕندِس دروازس تل، سولیہرِ منٛز آسہٕ زٕ بجہِ ملرِ، اکھ چوٚکی، ستھو، کنٹل تہٕ کپ تارٕ، بیٚیہِ ترٛیش چاوٕنکۍ گلاسہٕ۔ بہٕ چھُس سولیہرِ ہٕندِس دروازس تل اکِس سوٚم کنہِ پیٹھ بِہِتھ سگریٹا سگریٹا چھِوان، تہٕ گاہ بےٚ گاہ اکۍ ہٕندِس کلامس تہٕ ورتاوس سام ہیوان۔

اکہِ دوہہٕ ٲخرم وننہٕ:

"بیٹا، مےٚ گیہِ خاندارس باہ وُری گُذریمتِس تہٕ اوَے چھُس گذارٕ چلاونہٕ باپتھ لگن ترٛیش چاوان، تہنٛزِ خدمت کران۔ بیٹا دُنیاہس منٛز کیاہ چھُ لارُن، صرف گرٛہِ لگن ہنٛزِ خدمت کرنی"۔

یہ بۄ زِتھ پِلنووٕ ےٚ تس دُروپیُن نوٹ تہٕ ہیوٚت نَس نیرُن زِتمہٕ دیُت آلو تہٕ لَجِم وننہٕ:

"بہ رٹے نہٕ ترٚبن گلاسن ہنٛدۍ پنداہ پوٗنسہٕ، تا بحال چھنہٕ دون روپین ہنٛز کتھے"۔ مگر ےٚ مونٛس نہٕ تہٕ دژاس۔

وق گوٚ وموچھِ منٛز ژلان زِ اکہِ دوہہٕ اوس تمہٕ سفید فراق شلوارٕ ے لوگمُت، مگر فراقس اَسی نہٕ ژٕری تہٕ ننٛین نربن ہنٛزن مرٛژھن ہُنٛد روے اوس ژمٹیومُت باسان، رگہٕ آسہٕ وَٹنہٕ آمٕژٕ تہٕ ژمٹیمٕژٕ، مگر سو اَس تو تہِ اندازٕ سان ترٛیش بأگران، لُکن ژٕتی کرم کرٕنکۍ اُپدیش دِوان، پٔتمِن پان سارِنے ہنٛدِ کھوتہٕ معتبر آیہِ پیش کران۔ اڈبن بیٹا، اڈبن بابایہ تہٕ اڈبن جناب وٕنی وٕنی ترٛیش پلوان تہٕ وُٹھن پیٹھ اَسُن شیران۔

اکہِ دوہہٕ رٕوٗدُس بہ کینٛژوس کالس کنہٕ پیٹھ بِہتھ سگریٹ چِبنہٕ تہٕ اَمس گُن لوٚگس گاہ بےٚ گاہ وُچھنہٕ۔ سو اَس منٛزی منٛزی ےٚ گُن وُچھان تہٕ نظرٕ رٲوِتھ اَس وٕلۍ وٕلۍ یون گُن وُچھان۔ ےٚ اوس باسان زِ سو چھنہٕ وونی میانہٕ اتھتھ آسنہٕ وِزِ ترٛیش چِبنہٕ والین کتھِ لاگان، بلکہِ اَس سو وونی سٹھاہ بدلیمٕژ، دوہہٕ دوہہٕ لٹہِ میانہٕ ترٛیش چِبنہٕ باپتھ گلاسہٕ چھلان تہٕ ترٛیشہِ گلاسہٕ پِلناوان پِلناوان پتہٕ اوٚنگجہٕ میانین اونٛگجین ستی رلاوان تہٕ ژوٗرٕ ہنٛدۍ پأٹھۍ یون گُن وُچھان، وونی اَس نہٕ سو ےٚ بیٹا، یا بابا یاونان تہٕ نےٚ ےٚ تِھی کانٛہہ کرِچ کتھ کرأن، بلکہِ زن ےٚ تِھی مہرینہٕ ہنٛدۍ پأٹھۍ ووشلان۔

یہِ ڈیشتھ پُڑ ژھ مےٚ تس اکہِ دوہہ زِ "ہرگاہ زٕ وو پرشریا کھأ رکس ستۍ رلن سٕہ چھا پاپ" سوٗ ژھ تورٕ در جواب۔

"ہرگاہ دوشوٕنی ہنٛز مرضی آسہِ تیٚلہِ چھُنہٕ پاپ"۔ یہِ بوٗزِتھ گیہِ مےٚ دِلس دُبرا ے تہٕ اکُے لفظ پھوٗرُم۔

"تیٚلہِ......؟"

سوٗ ژھ تورٕ اُچھ بون کُن تھاوِتھ:

"کیٚاہ کرٕ گرس منٛز چھُم نوشہِ کورِ، ہوٹلس منٛز پڑٕزِ ناوہم کانٛہہ!"

سٕہ ژیوٗ ہرٔٹتھ تھاوٕ مےٚ دَگ۔

☆☆

# نٔو تأریخ اَس لِکھنہٕ آمٕژ

(پروفیسر مرحوم محی الدّین حاجنؠ صأبنہٕ ناوٕ)

یہِ افسانہٕ لِیٛوٗکھ مے 28رفروری 1993 بمطابق ۵ر رمضان المبارک ۱۴۱۳ ہجری رأژہٕنزِ گہبہ بجہِ تاڈوڈِ بجہِ تام۔ یعنی ۲۸ رفروری تہٕ یکم مارچ ۱۹۹۳ چہِ درمیٛأنی رأژ۔ یٛمہِ افسانٕکۍ مرکزی کردار چھِ پروفیسر، ادیب تہٕ تأریخ دان مرحوم محی الدین حاجنی صأب۔

تس اوس سورُے نقشہِ بڑ وٕنہہ کنہِ اماپوٚز اأندرٕ ے اوس شرٔ وپران تِکیٛازِ تس وبتھِ ہٕنٛدِس اظہار رکس آگرِس اوس وونی اظہار صِرف اأچھ پھرناونس تاہے محدوٗ درود مُت۔

اکثر پأٹھی ییٛلہِ تٕمۍ سٕنٛدِ کُٹھہِ نصف رأژ ساأرِی نیران اأسۍ سُہ اوس اأچھ مُژران، ووش تژ اوان تہٕ یکدَم اوس تس سورُے نقشہِ بڑ وٕنہہ کنہِ مُژراونہٕ یِوان تہٕ وُبَدٕ رٹلان۔ تس اوس وأراگ ووتھان تہٕ مُشراونہٕ رکنۍ اوس لرِپھِرُن دِوان نقشہِ تہٕ اوس تٔوری کُن پھیران تہٕ تس تنگ کران۔

''ڈاکھ گرٕشُن اتھ نقشس تھٕہے چھُنہٕ ٹلان''۔

سُہ اوس ووش تژ اوان تہٕ وُٹھن اأسس پھِسہٕ رارَے گرٕشان۔

''اما تیٚلہِ کوٚت گیہِ تَم یَم مےٚ أندۍ أندۍ آسان أسۍ، میأنۍ اکھ کتھ بوزنس أسۍ پٔنٕن دوہہ دبن راو راوان۔ ہاں، تَم کوٚت گیہِ، گوسہٕ تَر پکوٚ اوس ٲکۍ سوٗرے کینٛہہ اپزٕ تہٕ بہٕ اوٗسس ٲکۍ ژھنگان آسان زِمےٚ أندۍ أندۍ وُچھ کأتیاہ چھِ گتہٕ گیوٚ رکران تہٕ کینٛہہ نتہٕ کینٛہہ ہتھ ژلان''!

یہِ سوٗنٛچان سوٗنٛچان اوس تس زن تہٕ وأراگ ووتھان تہٕ پٔنٕنۍ کٔنۍ اوٗسس بڈٕ ہٹہِ موٗچہِ تہٕ پھُچہِ مٕژٕ آوازِ مٕنٛز نیرِتھ ژلان ''دَمس ستۍ چھُ نمس کار ـــــ''۔

مگر تمۍ سُند یہِ طنز اوس نہٕ تس ورأے کانٛہہ بوزان اِدٕ توتہٕ اوس زن تس یہِ بأوِتھ پٔنٕن پان لوٚتان باسان تہٕ أچھوستۍ پأنس أندۍ أنٛدۍ کتابہٕ اَنبارَن پٕرِتھ نِوان۔ تمن غلطی کڈان، منہٕ مٔنٛزۍ وُٹھ پھیٚشان، دندَن تل اوٚنٛگج ژھنان تہٕ امہِ پتہٕ گُنیٚ نِندرِ کھرٕ وکھ کڈان زِ اَپارِ شوٗنٛگِمتۍ بأژأسۍ عادتن ہُشارٕ گرٕھان تہٕ بیٚیہِ أچھ وٹان تہٕ شوٗنگان تہٕ أچھَن ہٕنٛزن تمبر بن ژھوٕ راوان۔

یہِ اوس ووٚنۍ معموٗل بنیوٚ مُت، گاشِ اوس پھولان مگر تس باپتھ نہٕ کینٛہہ تہٕ تس أندۍ أندۍ أسۍ گرِکۍ بأژیوان، کانٛہہ اوس ہہان تہٕ کانٛہہ نظر اِدِتھ نیران۔

یہِ ژِیلِتھ اوس سُہ زِبوٚ گوٚرکتھہِ گوٚرتہٕ وولرتہٕ وبتھہِ گوٚرگٔنیٚ کھرٕ وکھ کڈان تہٕ کُتھِ مٕنٛزٕ نیرِن وأٹِس گرِکس بأژس پنٕنہِ وجوٗدک باس دِوان۔ بس امہِ اور اوس نہٕ سُہ بےٚ رام کہیں ہبکان گرِتھ۔

اما یَم مےٚ ڈیٚشتھ جاے شیران أسۍ، یَم مےٚ نِش ہیتھ دِلہٕ چوٚ تار وپُر پنژٕ آل، وبتھ، ویرناگ، ورمُل تہٕ وولرِ ہٕنٛزٕ ذات بُراتھ بوزِتھ مٕژٕ تُلان أسۍ

تم کونہٕ ازمیون یہ کھرٕ وکھ دمس پھرس بوزنہٕ یوان۔

یہ سوٗنچ سوٗنچ اوس سہ گنے گنے کھرٕ وکھ کڈتھ زن تہٕ احتجاج کران، امہٕ وِزِ ہر گاہ تس گرِ ٹیک کانٛہہ اٮ۪ندی پٮ۪کہ آسان اوس تس اٮ۪سی وٗلی وٗلی وٗٹھ کملان ''یا اللہ رحم کرس____''۔

تہٕ یہ وٗنتھ اوٗسس آبس منز گرٕنومت پھمب وٗٹھن پیٹھ پھرٕ ناوان یٮ۪مہٕ ستی تمی سندس وجودس بوزنہٕ شہجار اوس پھیران تہٕ زن تازٕ گرٕ ھتھ اوس یٮ۪یہٕ کتابہٕ پھرنہٕ ہوان، رژھاہ پھراہ گرٕ ھتھ اوس کلہٕ شاندس پیٹھ گکھہٕ ران زن تہٕ کانٛہہ نوٚو خیال گران شیران تہٕ سنبھالان اوس۔

راتھ اٮ۪س وٗرن شیران مگر تس باپتھ نہٕ کینٛہہ، اتی اوٗسس کانٛہہ نتہٕ کانٛہہ گرِ ٹیک یٮ۪یہٕ شاندس تل یوان تہٕ پترٕ لگی متٮ۪ن وٗٹھن پیٹھ گرٕنومت پھمب پھرٕ ناوان۔ یٮ۪مہٕ ستٕی تس وجودس نسیم بانٛچ تراوت پھیران اٮ۪س تہٕ سہ اوس کلہٕ اورٕ یورٕ پھرٕ ناوِتھ زن ثناخوانی کران۔ بس پتے اظہار اوس وونی تس نفرس روٗ دمت یُس وٗمرٕ وٗمراتس زبو کتھ تہٕ باوا بن روٗ دمت اوس۔

دوپہر اوس واتان مگر تس باپتھ نہٕ کینٛہہ، اتے اوٗسس گرٕ ٹیک کانٛہہ نتہٕ کانٛہہ لرِ لرِ پھروان، روکھن تہٕ کھور بن پوڈر ملان یٮ۪مہٕ ستی تس باسان اوس زن تہٕ تمی سُند پان ڈلس تہٕ وولرس منز ژھرٕ انٹہٕ ژھرٕ انٹ کران۔ سہ اوس کلہٕ کھاہر شاندس ستی گکھہٕ راوان پٮ۪نٕنی کنی زن تہٕ وولرِ کین ملرن ہنزن کھونن منز وولسنس آمتٮ۪ن گار بن لو کہٕ چارس تھپہٕ دِوان تہٕ کھوان۔

أتھی حالس منز آیہ کأژاہ شامچہ بانگہٕ پرنہٕ مگرتس باپتھ نہٕ کینْہہ ،اکہِ دوہہ اُس یِژھے اکھ شاہ بانگ دٔوٕرِ کنَن گوٚھان زِ شوروو تھ تمی بوز نہٕ مگر گرِ یکی بأژوٕچھِن خوفہٕ ہتی ؤلی ؤلی کُٹھہِ منز نیران ،سُہ رۄدُ گنے زۄن کُٹھس منز کتابن کُن تژ اُون نظراہ ، اُچھ پھِرناوِن تتھہٕ گٔنز زن کیاہ تام نوٚو خیال اُچھوٕ یستی لبکھنہِ لوٚگ زِ پانژوہ اُٹھ وردی پوش کرِہنز ہانگل ہیوی بندوقی ژایہ کُٹھس منز کتابہٕ دِژکھ بے وایہِ اوٚرِ یور دأرِ دأرِ زن واندرأسی ، صندوقہٕ پھُٹہٕ رأوِکھ تہٕ امہ پتہٕ ڈُلہٕ نوٚوکھ سُہ بے دردی سان ، کیاہ تام اُسی ژھانڈان تہٕ اتھہِ آکھ نہٕ کہیں تہٕ دژایہِ شوز دہیوی ۔

یہ ڈیشتھ پھیورتس وٕتھِن پیٹھ اُسن تہٕ ہناتلن واریاہ کألی کلہٕ تھوٚدپہن تہٕ لوٚگ پننہِ موچہِ تہٕ پھُچہٕ مژ آوازِ منز پرٛانہِ آیہِ گاہ بے گاہ مسخٔری اندازٕ وننہِ: ''ہُس مےٚ لاگیو کھ اکہِ وِزِ ڈی۔آئی۔آر تہٕ پتہٕ پی۔ایس۔اے تہٕ ووٚنی چھِم ٹی۔اے۔ڈے۔اے لاگان مگر بہٕ زِ یوگوٚر، کتھہٕ گوٚرتہٕ ژوٚ کھانْچل ٹوپلہِ دِیگھ انشاءاللہ اکہِ نتہٕ اکہِ دوہہٕ بی۔اے۔ٹی۔اے ـــــ''

یہ وٕنتھ تژ وتمی کلہ وارِ وارٕ شاندٔس پیٹھ واپس باسیوزن تہٕ تُمی سُند کلہٕ پوشہِ ونن ۂندِس وٕچھس پیٹھ پیوٚو، گُلوتہٕ بُلبُلو زن توشُن ہیوٚت۔

اُتھی منز دِژ تُمی سندی کُمی تام گژ یکی کر یکھ: ''ہیاٹاٹھیلا ـــ کرُکتھ ـــ''

ساأری آیہ دوان دوان کُٹھِس کُن مگر تمی آسہٕ اُچھ وچہٕ مژ، کھژ وکھاوس ژوٚ لمُت تہٕ نوٚتاریخ اُس لبکھنہٕ آمُت۔ ☆☆

# ٹوک

سأری ہے أس کُنی وَنَن گمژ زِپُرن چھےٚ وہ پر پٚینچن تل ہیٚنہٕ آمژ اِوٕ موکھ چھُ ہوٚل گنڈُن تہٕ پُرن یلہٕ تژ اوناوٕنی۔

أتھی ہُول ہالیہِ تہٕ چھکہٕ چھکہِ منٛز تُل سُلہٕ، یُس لُکن اکار بکار یوان اوس تہٕ أرکس وانہٕ کھرٛیپہِ منٛز ناس، نون، چاے، تموک تہٕ ٹھوٗل ٕکنان اوس، لکو نکھن پیٹھ تہٕ پھِر نوٗک بازرٕ بازرٕ تہٕ کوچہِ پتہٕ کوچہِ۔

سُلہٕ لوٚگ توشنہِ تہٕ لأرگن نالہِ دِنی تہٕ ژُوتِمن پیٹھ تقریر چارٕنی زِپُرن پنجیو تلہٕ کڈٕناونہٕ باپتھ سوٚمبراوِ سہ پٔنن خوٗن دِوان دِوان چندٕ تہٕ کرِ وکیلہٕ سُنٛد بندوبست......"!

یہِ بوزِتھ گیہِ مشرق و مغرب تہٕ شمال و جنوب نعرٕہ۔ "پُرن کو خالی کرو......"!

سُلہٕ آو جایہِ جایہِ پھِرناونہٕ علاقس منٛز، یِمہِ ستی تس پٔنٛز وانہٕ کھرٛپ، زنانہٕ رُحت تہٕ کُنی کوٗر میمونہٕ مُشِتھ گیہِ تہٕ سہ دور یوٗژ وچہِ ڈٔج ہیتھ لال چوک

گُن بستہٕ کبتھ، اتہِ تہٕ اُس ووژراٹھ ہوٗل ہالے تہٕ چھگہٕ چھگ، سُلہٕ ووٗتھ بسہِ منٛزٕ بون، ژوچہِ دٕج رٕٹِن کرٛھس تل تہٕ زنگارٕ دار ناستہِ ڈبہِ منٛز کڈِٕن روپےَ برناس، سوتژ اوٗن پژاژن منٛز تہٕ لوٚگ اُچھ اَسمانس گُن ٹلان ٹلان لوتہِ لوتہِ اوٗش ہاران ہاران وَننہِ "خدایہِ پُرن چھےٚ ورپھتار، مدد گری زِ، بہٕ چھُس سےَ دژ امُت رِژ کاٚم کرنہِ"!

امہِ پتہٕ دِتُن کلس پھشاہ تہٕ لوٚگ کلہٕ گلوان سوٚنچنہِ۔

"بہتر چھُ گوڈٕ زاٗنہٕ کدل گژھُن تہِ کیٛاز بَبہٕ سُند وَنُن اوس زِ اصل شہر گو زاٗنہٕ کدلے۔ آ...... بہٕ کرِ چنٛدٕ کرنک دٕسلابہٕ زاٗنہٕ کدلے......"!

تو رواٗنتھ بوٗزی تمی صرِف پُرنہِ ہنٛدی وبداکھ، دل سپدُس شاد، مگر ہر تالہٕ ستی سپدُ ہنا مایوس ہیوٗ، مگر ستی آس خیال زِ گرَن منٛز تہِ ہیٛکہِ چنٛدٕ کرنہٕ یتھ، سُہ ژاوا کس ریکھتہٕ مکانہٕ کس آنگنس منٛز تہٕ باوِن امہِ گرِ کین بسکین پُرنہِ ہنٛز داٗدکہ تہٕ چنٛدٕ باپتھ دورنکھ یوٗڈ ہلم، یَتھ پیٹھ گرِکی ماٗلکن اُمِس ہلمس منٛز توشان توشان پنٛژاہ روپین ہنٛد نوٹ ترٛوو تہٕ ووٚنہٕ نس: "خوداے گرِنی پُرنہِ ہنٛد فاٗصلہٕ وٚلی وٚلی"!

سُلن تژاو پانژہاہ روپین ہنٛدِس نوٹس گن نظرا تہٕ ہنگہٕ منگہٕ ژوٚلُس أندری نیرِتھ:

"الحمد للہ! تہٕ دژ اونمبر گُن، نیران نیران بُرٕن وٚلی وٚلی ژوچہِ دٕج پھبرنہٕ چنٛدس تہٕ کمر کسان کسان ژاوِ پیس گرس منٛز تہٕ چنٛدٕ سومبران سومبران

ووت فتح کدل۔ اتہٕ اَسی أڈٕی وان یلے تس آیہٕ أچھ مۄژراونہٕ تہٕ حُمداہ پٔرِتھ دورنکھ پُرٕنہِ ہُنٛد گُدرُن بأوِتھ ہلم تہٕ مُلک آنگن، نرپرستان، راز دھان کوچہِ، چنکراِل محلّہ، حبہٕ کدل تہٕ گاوکدلہٕ کِنۍ ووت ریڈکراس روڈس پیٹھ، ییٚتہٕ غریب مُسلم ہوٹل، خاکسار ہوٹل تہٕ غریب نواز ہوٹلکہِ واژِ وانچہِ ژھٹوٗنہِ خوشبویہ سٕہ بےٚ قرار کوٗر، مژر ٹُلنس، مگر جبروت کوٗرُن، ہرگاہ زن بوچھِ تہٕ وُنہٕ أسس وأجمٕ، تمۍ گٔرژوچہِ دَجہِ زورِ تھپھ تہٕ اورٕ یورٕ نظر ترٛاأوِتھ گنٛزرأوِن پوٗنسہٕ، پورٕ أٹھ شیٚتھ روپیہٕ أسی سٕیمِتۍ، سٕہ لوٗگ ہیوٗرگُن وُچھتھ وننہِ:

''شُکر خودایہٕ، وارٕ وارٕ پوٗنسہٕ سوٗمبرِتھ نیرِ پُرٕنہِ ہنٛزٕ کأم تہٕ یزتھ تہٕ روزِ ............!''

یہِ وٕنتھ گوٗ سٕہ سرکأری نلکس کُن تہٕ ژوچہِ دٕج ہیٚژن مۄژرٕنۍ زِ ہوٹلن ہنٛدِ واژِ وانٛچ خوشبوے آیس ہیٚیہِ ہوارِنگہٕ ستۍ سٕہ رُکیو تہٕ سوٗنچاہ گٔرِتھ ترٛووٗ تمۍ صدرِ ہنٛدِس أندرِمس چندس مۄژاتھ، اتہِ کوڈُن پٔن ڈوڈ ہتھ روپیہٕ، ییتھ متعلق تمۍ لال چوک یوان یوان سوٗنچمت اوس زِ سٕہ انہِ میمونس کیٚتھ ہتس روپیس اپأرِی فراک بیزارتہٕ رحتہِ کیتھ پۄژھ۔

سٕہ اوس أتھی دولابس ستۍ زِ ہیٚیہ آیہٕ ہوارِنگہٕ ستۍ خوشبوے تہٕ مژر ٹُلنس، پانس تام روڈس نہٕ تہٕ ژاوے والیہٕ غریب مسلم ہوٹلس مژٕ تہٕ نیوٗن روغن جوش تہٕ بتہٕ پلیٹہٕ مأرِتھ، امہِ پتہٕ دِیتُن یڈ پھشا، ڈاگر ترٛ ووٗن تہٕ ہوٹلس ترٛاأوِن ژواپأری نظراز بیٚیس ٹیبلس پیٹھ بہتھ نفرن انہٕ ئورِستہٕ پلیٹہٕ، سُلس آوٕ أسس

آب، ژٕمی تہٕ انہٕ نوورستہٕ پلیٹہٕ تہٕ لۄگ مزٕ سان کھینہٕ، رستہٕ عنگلاں عنگلان لۄگ تس ہوٹلک ماحول، گلمر گہٕ اَندرَے تہٕ یہٕ موکہٕ لاوِتھ کوٚ ڈژمی اورٕ یور وُچھِتھ لوتے زبوٗ ٹاس زِ بہرآوتَس گُن بیٛا کھ ترٕیشہِ گلاسہٕ یٖتھ تہٕ سُلتن پرٕژ ھنس:

""کوٚ...... کوٚت سہٕ ووت......؟""

بہرٕ ووٗ تھُس پلیٹہٕ ٹلان ٹلان:

""اکھ ہتھ تہٕ دُہ روپیہٕ......""

سُلس وبسہٕ ریٚیہٕ زنگہٕ، مگر وٗلی کوٚ ڈُن پٔن ڈوڈ ہتھ روپیہٕ، سہٕ دِژن بہرس تہٕ ہیٚژن ڈندی تَج کرٕنی، اُتھی منزٕ آو بہرٕ بیٚیہٕ تہٕ دِژنس ترٕ ہہ روپیہٕ، ییمہٕ رٕٹِتھ دژ اوسُلہٕ ہوٹلہٕ منزٕ نبر، چندہٕ منزٕ کڈٕن ناستہٕ ڈٔبی زِتس پٔیہٕ سگریٹ وأرلس گُن نظرتہٕ پانہٕ ہے ستی لۄگ بتھ ژٕ کرِتھ وننہٕ:

""بلاے اتھ ناستہِ، مزٕ دار سیٚون کھیٚو، ناستہِ ستی ڈلہِ اَسس مزٕ ے، سگریٹہٕ چیٚمو، ژٕمی دِژ اورٕ یور ژٕرٕ نظر ہش تہٕ بٔہن روپین ہیٚون سگریٹ ڈٔبی تہٕ سگریٹ چوان ووت پرتاپ پارکہِ نِش تہٕ ژاو اُورِی اَ رکس پھر بتس ستی دِژن ڈوکھاہ زِ کنہِ پھوٚل سنیوس سہٕ لوٚیُن دُور گُن تہٕ لۄگ سگریٹس دام دام کڈان سونچنہٕ زِ:

""میموٗنن فراک ییز ارروٗ دأتی، اَخر گنٔی کوٗر، غلط گوٚو، خأر چھنا صلاح آ......یہٕ سو مبراوِ دِگرنماز تام بیٚیہٕ پوٗنسہٕ""۔

یہٕ سوٚنچتھ دژاوسہٕ پارکہٕ منٛز تہٕ تارگرس نش ژاو ریڈکراس روڑٕ کنی مایسم ،اتہٕ سمیٚس بیٚیہٕ پانژھ ہتھ روپیہ، اسمانس کُن تژ اٲون نظراتہٕ لوٚگ ونہٕ ''ترواہ شیتھ روپیہٕ سمے یہٕ'' اٲتھی منٛز آیس زن میمونہٕ بروٚنہہ کُن تہٕ دٕندس تل اوٚنگج تژ اٲوتھ لوٚگ بیٚیہٕ پان ہیے ستی ونہٕ ''ترواہ شیتھ سمے یہٕ ،نہٕ یہٕ نہٕ پٔنٛن ڈوڈ ہتھ روپیہٕ پیٚیہٕ امہٕ منٛز کڈٕن آ...... واریاہ پوٚنسہٕ ہے سمیٚیہٕ ،بیٚیہٕ تہٕ چھی سومبراوٕنی ، اٲتھی منٛز ژاوسہٕ گنہٕ ارادٕ ورأی ریڈکراس روڑکس اٲکس چایہٕ وانس منٛز تہٕ نین نون جاے پیالہٕ جوراہ چیتھ تہٕ کیا ہتام سوٚنچتھ وٚوتھ چاے کٔنن وألس کُن :

''تاوَن ہسہٕ تاوَن ،پرتھ وَتہٕ رتھے رتھ ،خبر کتھٕ کٕنی چھِ یپاری کنہٕ حالات ہنا ٹھیک ،اما ڈیر بنیا ییٚتہٕ''۔

چایہٕ وألی وُنُس غریب مسلم ہوٹلس کُن ہاوان ہاوان ''ہگیاہ ہُتھ ہوٹلس منٛز چھی راتس ٹھہرنس ہتھ روپیہ ہیٚوان !''

''اچھا گوٚوڈیٚر بنہٕ......!''

یہٕ ونان ونان دٕژسلن دون چایہٕ پیالن ہنٛز داہ روپیہٕ تہٕ دژاو ،سہٕ لوٚگ وتہٕ بیٚیہٕ سوٚنچنہٕ ،

''ہرگاہ یپأری روزٕ پگاہ سمَن بیٚیہٕ پوٚنسہٕ ،ہرٕج تہٕ کیاہ چھُ ،خرٕچ تہٕ کیاہ گوٚژھ راتس ڈیر کرنَس تہٕ بتس پیٹھ گرٕھن زٕ ڈھاے ہتھ روپیہٕ خرٕچ۔ مگر پوٚنسہٕ تہٕ سمن پگاہ واریاہ لُگن منٛز بڈٕ یزتھ ،کھونہٕ کھونہٕ ٹلن یہٕ سوٚنچتھ دژاوسہٕ بیٚیہٕ ہکم

دأرِتھ زِانہِ گوٚٹ گوٚو، أمِس سمے یہِ بیٚہِ زٕ ہتھ تہٕ داہ روپیہِ، تہٕ ژاوپوٗرٕ پنداہ شبتھ تہٕ داہ روپیہِ ہبتھ لوٚتی غریب مسلم ہوٹلس منٛز، آرامہٕ سان موٗرُن تمس ستی بے شونٛکی پأٹھی روغن جوش کورمہٕ تہٕ گوشتابہٕ، بہرٕ آس بروٗنٛہہ کُن، بِل أس زٕ ہتھ روپیہِ، سُلٔنۍ زول سگریٹ تہٕ دِتن بہرس ڈیرٕ کرایہِ ہبتھ ترٛے ہتھ ڈبل تہٕ کمرُک وونٛنس، بہرٕ گوٚو منیجرس کُن تہٕ أنی کُنز، سو دِژن سُلٔس تہٕ لوٚکس پلیٹہٕ ٹلان ٹلان وننہِ:

''ہیرِ چھے ہیرے کھسوٗن گوڈٕنیُک کمرٕ بجلی ہرگاہ گوٚھی شمع چھے تتیٖ...........!''

''سُلٔہ کھوٚت بڈٕ فخرٕ تہٕ اعتمادٕ سان ڈاگر ترٛاوان ترٛاوان تہٕ زورٕ زارٕ کلُف مژٕ رأوِتھ ژاو کمرس منٛز زن فتح یاب، اتہِ أس چارپایہِ پیٹھ ماکہٕ لیف، یوسہٕ نظرِ ستی گوٚب باسیس، تس اوس گوڈنچہٕ لٹہِ چارپایہِ پیٹھ شونٛگُن۔

شُری ہنٛدی پأٹھی دِیُتن اتھ پیٹھ ڈُلگناہ، پتہٕ ووٚتھ تھوٚد تہٕ رِیٖمژٕ صدرٕ ترٛأوِن ہِکلس اویزان، نس کھأرِتھ دِژن ناستہٕ ڈٕبی کونس کُن دأرِتھ تہٕ سگریٹ زألِتھ ژاو لیفہِ منٛز، دُہہ تالوس کُن چھکان چھکان لوٚگ بیٚہِ سونٛچنہِ: ''أزیُک پوٚرٕ دوہہ گوٚو مےٚ چندٕ سومبرنس ستی، ہرگاہ بہٕ گرِ آسہٕ ہاوانس پیٹھ، مےٚ تہٕ آسہٕ ہن ناس چاے تہٕ ٹھول کِنتھ روپیس زٕ ہتھ چندس ترٛأوی ستی۔ آ، أژٕ مےٚ تہٕ چھُ گرِ بارمیون تہٕ چھُ کامہِ دوہہ...........!''

یہِ سونٛچتھ ووٚتھ سُہ دٔلی دٔلی تہٕ رِیٖمژٕ صدرٕ وأجِن کلہِ پیٹھٕ تہٕ پرُنہِ

ہنٛد یوٗ پوٗنسو منٛز ٹین روپیس زٕ ہتھ کڈٕ تھ، اُتھی منٛز پیٚیس میمونہٕ یاد تہٕ پٔژن ڈوڈ

ہتھ روپیہِ تہٕ ترٛ ووٗن دوٗن ہتن ستی، اتہِ اُسی ووٗنی پرٛنہِ ہنٛد یوٗ پنداہ شیٚتھ تہٕ

دہور روپیو منٛز پٔنٛژ موٗ زورِ، کوج تہٕ کال، نونہٕ چاے تہٕ کرایہِ واُلتھ اُٹھ شیٚتھ

پٔنٛژواہ روپیہِ رٔوٗدی متی۔

یہِ حساب کٔرِتھ زول تٔمی بیٚیاکھ سگریٹ زٕ بجلی گیہِ، سُہ ژاولیفہِ تل تہٕ

سگریٹ موکلاوِتھ ترٛ اوٗن منٛز سان نٔنہد را......!"

دوٚیمہِ دوہہ تہٕ کوٚر تٔمی واریاہن بازرن تہٕ محلن منٛز دھماکن تہٕ چھکہٕ چھکہِ

منٛز پوٗنسہٕ ٹوٗک جمع تہٕ یڈ بٔرن منٛز سان ہوٹلس منٛز، اُمس آسہٕ وُنیگ تام گُل ہُم

پاُٹھی ترٛے ساس روپیہ سیمیٚتی، سُہ گوٚو اُتھی ہول ہالیہِ منٛز اڈس گٔن تہٕ لوٚگ

ژھانڈنہِ پننہِ محلکس کاُنسہِ زاُنی کارس زِ اتہِ وُچھن پننے باُنبرِ ہوٚت پتٕر

بوے، نالہِ متہ روٗٹن تہٕ وٗلی وٗلی نیٖوٗن پانس ستی چاے کباب کھیاونہِ تہٕ اکھ

ساس روپیہِ دِیتنس تہٕ وونہٕ نس کاُم چھے زٕ ٹھ، پرٛن چھے چھرٛاوٗنی، یہِ روپیہِ

ساس دِی زِ ہتوٗلس تتہِ تہٕ وٗنی زبس فِکر نہٕ کرٕنی، وکیلہِ چھنہٕ وُنہِ موٚٹان، ووٗنی

گوٚو ہرگاہ تیاُری یا بیٚیہِ گٔنہِ جایہِ پرٛنہِ باپتھ کاُنہہ نعرٕ دوان تہٕ رِوان آسہِ تس

گوٚژھِ کم کاسہٕ ترٛیٚش تموک دِیٚن تہٕ کزیس ہٕر چالوتھوٕناوٗنی۔

یہِ ونان ونان ترٛ اوٗدی سُلتن اورٕ یور نظر دِتھ پترِس باُیس چندس منٛز روپیہِ

ہتھ جوراہ تہٕ بیٚیہِ لوٚگس ونہٕ:

"رحتہٕ وٗنی زِ فکر نہٕ کرٕنی، میمونس گٔری زمیانہ طرفہ موٗنی تہٕ وٗلی زبکھ سُہ

پیٚہ وٕلی وٕلی، اکھتےٚ وٕنی زبکھ سہ چھُ گرِ چلاوُنہٕ خاطرِ موٗزوٗری تہٕ کران، دوٗن دوٗہن چھِن ژور ہتھ روپیہِ کماوی ٚمتی تمہٕ تہٕ رٕٹو......!''

تمی ہٕندی پترِ بأے رٕٹ تس تھلہِ تھلہِ وُچھان وُچھان ژور ہتھ روپیہِ تہٕ ووٗنہٕ نس:

''یہٕ ییٚے کینٛہہ دوٗہہ گژھتھ ییٚہ مگر کوٚت یمہٕ''۔ سُلتن دِتُس غریب مسلم ہوٹلک پےٚ تہٕ پُتر بوے کھوٚتُس چھگہِ منٛز ژلوٗنہٕ بسہٕ۔

اَمہِ پتہٕ کینٛہہ دوٗہہ گژھی تھے آس پُتر بوے ییٚہ، تس ٚتی أس رحت تہٕ میموٗنہٕ تہٕ۔

ماجہِ کورِ سپزٕ تس وُچھتھ حأران، تِکیاز تس اوس نیلہِ رنٛگک خان ڈرس، تتھ پیٹھ چاکلیٹ کلرٕک واسکٹ لأگتھ تہٕ کلس پیٹھ أسس تھزٕ تھزٕ قراقلی۔

زنانہٕ تہٕ کورِ وُچھتھ آیہٕ نہٕ سُلس پژھے تہٕ وٕلی وٕلی نیٚن ہوٹلس منٛز تہٕ پترِس بأیس دِتن موٗئلس باپتھ زٕ ساسِ روپیہِ تہٕ جایہِ جایہِ ''پُرن بچاو کمیٹی ''ہٕنٛد بوڈ کھالنٛگ ووٗننس، اَمہِ پتہٕ دِتی تمی پترِس بأیس روپیہِ ہتھ تارِ پننہِ باپتھ تہٕ کوٚرُن روانہٕ، کوٗرتہٕ زنانہٕ کھیٚاوِن واژ وان تہٕ کھاجن کمرس منٛز تہٕ تتہٕ لاگناوٗن بیاکھ چار پاے، تس ٚگیہ تہٕ رحت بدلے نظر وُچھنہٕ، مگر تمہٕ کھییٚہ کتھ تہٕ لیفہِ تل أژِتھ ٚگیہ سوٗنچنہٕ ''یہٕ زن چھنہٕ سہ سُلہ، یُس وانہٕ کھریٚپہ منٛز چاے، نون تہٕ ٹھول ہیترٕ کنان اوس......!''

مگر رحتہ گییہ ہُری سہ گری ہٕنٛز گرتہٕ ترٛاوُن کھور شاند نِنٛدرِ۔

صُجَس خرچاؤی سُلن ماجہِ کور بن باپتھ پلو پوشاک، گرس باپتھ، بانن بیترِ
تہٕ دوٚن نمدن پیٹھ ژ ے ساس روپیہِ تہٕ کربن ماجہِ کورِ ژھنگان یہِ
سامانہٕ ہتھ گرِ روانہٕ تہٕ پانہٕ دِژاو چندٕ سومبر اونہِ۔

وارِ وارِ رٔژِ تمی منز بازرس منز کمرِ جوراہ کرایہ تہٕ اکھ بھوُدر روٗژن نوکر،
بیپأری لوٚگ اُمِس یمن کمرن منز لُکن ہُندیٚن گرژھن تہٕ ہُپأرِ بنیوس گرچہٕ
پہرِ وارِ کارِ اکھ کنکریٹ مکانہٕ تہٕ اُمی ہندی پترِ بأے تہِ کوٚر پہرِ مرمت۔

پتہٕ آونہٕ زن سُلہٕ اتھے، ڈوڈہ، جوٚم تہٕ راجوری ووت، امہِ پتہٕ گوٚ دہلی
تہٕ لکھنوتہِ، سُہ یپلہِ دہلی انزس منزس گوٚو، تتہٕ باسیوس پاسپورٹس پیٹھ ہیکہِ سُہ
دنیاہس پھیرِ تھ، تمی خرچوو پوٚنسہٕ تہٕ پاسپورٹ کوٚرن حاصل تہٕ دِژاو مختلف
ملکن گُن ۔ واریاہ کال گژھتھ کوٚر تمی پٔژن گرِ فون

ٹرن ٹرن، ٹرن ٹرن۔

فونچ رِنگ گیہِ، رحتہِ کوٚ ڈؤلی ؤلی پشمین شالہٕ منزٕ اتھٕ تہٕ Heating Gas
کوٚ ڈُن اُکُن تہٕ نیون فونس کُن اتھٕ، مگر اتھٕ تر ہریوس ہیوٚ، میمونس کوٚ ڈُن
آلو، سوآیہِ، قائلینس پیٹھ دِتھٕن Walk man دأرِتھ تہٕ ؤلی ؤلی تُلُن فون۔

"ہلو یو۔ اَلے اَبہٕ ......"! میموٗنن ووٚن توشان رحتہِ کُن
وُچھان وُچھان مگر رحتہِ ژ کرووبُتھ، تہٕ میموٗنہٕ لٔج بیٚیہِ مأرلس ستی کتھ کرنہِ۔

"ابا، کتہِ پیٹھٕ چھکھ واریاہِ دوہی کوٚ رُتھ فون، ژٕ چھکھا ابا ملیشیا پیٹھٕ!
سُلہٕ وُتھس تور

''نا ے بہٕ اوٚسس سوڈان، امریکہ تہٕ سعودی عرب گوٚمت، دوٚ دوٚ تہٕ
اَس تہٕ آوٗرتہِ اوٚسس''!

''وٗنی کتہِ چھکھ......!'' میمونن پرٛژھ نس

''بہٕ چھس لندنہٕ......!''

''ابا کشیرِ کرتر کھ......'' میمونن پرٛژھ نس بےٚ قرأری سان۔

''تمہِ دوہہ کرٚ ے گوڈٕ ژٕ ے فون......آ......آ''!

مائلی وۄننس اسان اسان تہٕ میمونہٕ لٚجس وننہِ ''ابا می ہتی کر کتھ، ہاں،
کیٛاہ جلدے پھٚے یاہ، اچھا ابا پننہِ صحتک تھوو زِ خیال، بیٛہ خودایس حوالہ''۔

یہ وٗنتھ ترٛ وو میمونن فون تہٕ قالینہٕ پٮ۪ٹھ Walk man تُلِتھ ژٕ ج یہے ٹکرٕ ہش
،رحت گیہِ سبٹھاہ مایوس زِ خاندارن گرٕ نہٕ لٚس ہتی کتھ۔

مگر رحتہِ مااوس پےٚ زِ سُلہٕ چھُ لنڈنہٕ میمونس باپتھ کاشہہ کاشرِ نسلُک لڑکہٕ
ژھانڈان تہٕ اٚتھی ہتی پننہِ باپتھ دوٚیمہِ خاندرٕ کس خیالس پٚرنہِ ہٕنزٕ
سورخ میٛوٕ ہٕنز مائنز لاگان۔

☆☆

# کوچھ

تِمِس ورأے أسی سأری پریشان، مگر تو تہٕ پیٚوتس پریشان حال شُر بن ہِنٛدِس گرٕ ژِس پپٹھ وولہٕ بور ہیوٚ پان شہہ بَند کٔرِتھ کارِ منٛز ژائُن تہٕ ژٕ پانہٕ ہے ہتی أنٛدری کارِ کُن وَننہٕ:

"وولہٕ بی ژیے منٛز چھسے تہٕ ژٕے چھُہم ہتی ہتی نتہٕ تگہِ ہے مے پژُن وولہٕ بور ہیوٚ پان چانِمن ٹأرن تل لتھٕ ناوُن"۔

تمہِ کوٚر پانس یہے تسلا زِ وَدٕوُن نِکہٕ دِتھ تمہِ ہشٕرِ کوچھِ منٛز پھمبہٕ ڈٕیوٗنگ ہیوٚ دأرِتھ، تمہِ روٗٹ وُلی وُلی سہ پنہٕ نِمن اَلأژَن بَبن ہِنٛدِس سر بوٗس منٛز تہٕ نِکَن گرژھوپہٕ۔

تڑیشوَے درواز بند کٔرِتھ ژاوُ تُمی سُند بوٚ ڈھیوٚ نچوٚ کارِ منٛز تہٕ کٔرِن سِٹارٹ۔ یتھُے کار درٛایہٕ تَس زَن ژوٗل زوٚ نیرِتھ مگر ہتی پیوٚس یاد زِ پنہٕ نی کارِ منٛز چھس...........!

تمہٕ رۄٹ نکہٕ اُچھ وٹان وٹان الاَ ڈن ہَن ہتی چیر تہٕ کارگے بڑ وٹھہ بڑ وٹھہ پکان۔ کینْہہ کال گوٚھتھ یِیلہِ کارأکس جایہ رُکے یہ، تمہٕ مُورایہِ اُچھ۔ نِکہٕ اوس زَن دون دون تَکیَن منز کلہٕ تڑ اُوتھ شوٚنگتھ، تَس ژوٚل اُسن نیرِتھ تہٕ لُج پانہٕ ہے ہتی بِیہ وننہِ:

''نِگس چھِ یمہٕ ببہٕ تِتھے کنہٕ پٔنی کو چھ باسان زن، یِتھ کنہٕ مےٚ یہ کار پٔنی کو چھ چھےٚ باسان''۔

تمہٕ کوٚر نِگس اَتھس میوٚٹھ تہٕ اُتھی دوران وٚژھ کارِ منز اُکی ہنز ژنوشہٕ تہٕ لوکُٹ نچُو بون، تِمَن پتہٕ پتہٕ وٚتھی تہندی ژشُری تہٕ تِمی سُند بوٚ ڈنچو آودارِ گُن تہٕ لوٚگ تَس وننہٕ:

''موجی چاےانہٕ یِے یوٚ ری ......''!

''ناچیوٚ وتھی مےٚ چھُ نا نِکہٕ کھونہٕ منز، نَرِ چھَم نٹان، یِتھ کنہٕ کتھٕ ہکہٕ چاے چیتھ؟''۔

یہ بوٚ زِتھ دڑ اوٚکی سُند بوٚ ڈنچو ......

تَمہٕ تڑ وووش تہٕ پوٚت نظر دِتھ پھِر نوٚون ٹٔ نہٕ لُداتھ کارِ ہنزِ بڑ وٹھہٕ سیٹہٕ ہنٔدِس تِلہٕ نیامتِس ڈبل زین کورَس پتھ اَنٔد وٹھہٕ تہٕ لُج کارِ گُن وننہٕ:

''وَلہٕ بی ژیےٚ منز چھسے تہٕ ژے چھم پڑتھ جایہ ہتی ہتی ......''

امہٕ پتہٕ تڑ اُون کارِ ہنزِ سٹیرِ نگہٕ، میٹرن تہٕ والپَرن گُن اکھ میٹھ نظراہ، تَس زَن اُس ووٚنی امہٕ کارِ ہنزِ ماے وار وار زیاد کھوتہٕ زیادٕ گنان تہٕ صرف اُس

بَس کارِ گُن وُچھن یژھان۔

کینٛہہ کال گٕژھتھ آے اُمی ہٕندی شُری مُری چاے چیتھ تہٕ کاردژاے بروٗنہہ گُن، سوٗ ژھ وتہِ اَکِس جایہِ بُڈِس نیٚچوس گُن:

"کارِ چھیا آب برابر......؟"

"آ"

بُڈی نیٚچوی دِیُتس موختصر جواب تہٕ کار ہیٚوٚن تیز تیز چلاوٕنی۔

اُمی ہٕنزٕ نوشہِ، لوکٹ نیٚچوٕ تہٕ شُری اَسی ژھوپہٕ دَم کٔرِتھ بیوٚن بیوٚن خیالن منٛز بُتھِ پِنہٕ والین معاملن تہٕ مقابلن باپتھ سوٗنچان زِ اَتھی دوران گوٚو کارِ پنکچر یِیمہِ ہٕتی تمہِ گُنی کرٛزکھ دِژ......

"ہے یہِ کیاہ گوم اتھ؟"

"موجی ژٕ کیاہ بی منٛدٕ چھاوَکھ، زَن نہٕ اَز تام یَتھ کارِ پنکچرٕ ے چھُ گوٚمُت"۔ کارٕرُکاوان لوٚکُس بوٚڈ نیٚچوٕ وننہِ۔

"اَہَن باپَے چھُم مگراز کتہٕ ژٕرِ واتھ پنچر گژھُن......"

یہٕ بوٗزِتھ ترٛ اونوشَوتہٕ لوکٕٹ نیٚچوی تَس گُن عجیب نظراہ، مگر کانٛسہِ توٚر نہٕ کتھِ ہُنٛد مطلب فِکرِ۔

"ہیَو وُدتھِ کڈُ سٹیپ نِی، ژٕ یِہا گژھِ"۔

کارِ منٛزٕ بوٚن وسان وسان وُڈُن بُڈی بأےلوکٹس بأیس تہٕ ٹأرؤلی ؤلی بدلاوِتھ دژ ایہِ کارٕ بروٗنہہ گُن۔

سفرس دوران أسی ساأری ژھۄپہٕ دَم گٔرِتھ، کاڈہہ اوس نہٕ اکھأ کِس ہتی کتھ کرُن یژھان، اِدِ نتہٕ ییٚلہٕ یم اتھ کارِ منٛز گُن گوھان أسی، گُم اسَن کھنٛگالہٕ، کتھے کتھٕ، أشناوَن ہیٚڈُن، تِہُنٛد أنٛزرُن گٔنزرُن تہٕ شُربن ہُنٛد چُری گیٚشُ اوس سفرس اکھ بڑٕ ژٕ کڈان ___ مگر أزِ یٚک سفرا وس ہأبت نا کھ، سارِ نِے بأژن أسی سوالِ أپھن منٛز مگر جوابَن ہُنٛد ہوٚٹ لوٚٹ اوسکھ نہٕ گُنہِ اتھِ یوان۔ صِرف اوس تٔسی یوت زنتہٕ سوالک جواب میوٗلمت، توَے أس مُنٛزی مُنٛزی کتھ کران، یتھ کتھِ نیٚچوِی یانوشہِ مجبوٗراجواب أسی دِوان۔

کارِ منٛز ستَن أٹھن گنٹن ہُنٛد سفر کرِٔنہٕ پتہٕ وأتی تم ہیٚیہٕ شہرِ کِس تِتھی ہوٹلَس منٛز پیٚتہٕ تم راتس ٹھہرِتھ صبحس بڑٕ وٕنہہ گُن نیران أسی ___ ہوٹلس منٛز رُکے یہٕ کار، کُی سُنٛد بوٚ ڈھیوٚ نیٚچوٕ وۄتھ یوٚن تہٕ امہِ پتہٕ باقٕے بأژ، مگراز وٕتھی نہٕ شُری تمہِ آیہٕ کارِ منٛزٕ، ییٚمہِ آیہٕ تم بروٕنہہ کالہِ وسان أسی تہٕ ہوٹلہٕ کِس لأنس منٛز أسی دوٕ دوٕ کران۔ أز دڑایہِ تم لوٚتہِ پأٹھی مالِلن پتہٕ پتہٕ کوٚنٹرس گُن......

پانہٕ أس سو وُنہٕ کارِ منٛزٕ ے زِلوکچہٕ نوشہِ مُوراٗوس کارہٕ منٛز دأرِتہٕ پٹُن نیٚند رِہوٚت نِکہٕ رٕ ٹتھ بُجس وننہِ:

''وَسی موجی، کار کرناوون پارک''۔

سوٕ ژھس یوٚرٕ:

''بہٕ ٹھہرِ تام، زنگہِ چھم واے آمُت، گٔرِن ییٚمہٕ تام کمرٕ جورا بک، پیٚیہٕ وَن تم ییٚوَ کڑ یوواچھٕ کر درس تورفون زِمکانس گٔری زِ صفأیی وفأیی، أسی کیٚاہ

وٲتی۔

''اِدٕ کیاہ نیرِ نہٕ بڑونٛہہ ہےَ کوٚ رُکھ فون، پتےَ ژٔٹ ہَس نا تارتہٕ فون یوٚ رُکھٕٹ کہِ منٛز''۔

لوکچہِ نوشہِ ہیوٚ ووٕنی کھُلہٕ پٲٹھی کتھ کرٕنی۔

''تیٚلہِ گوٚ وجان زِچھوکی درس چھِ پےَ''۔

یہِ وٕنتھ کوٚ ڈتمہِ کارِ منٛزٕ ے پأنَس واشا ہیوٚ تہٕ لٔج بیٚیہِ نوشہِ کُن وننہِ:

''اسہِ کیاہ بی پیٚیہِ ووٕنی تتہِ بٔمہِ سیٚچ کرٕاپہِ ڈٕرِنی کڈٕنی، ووٕنی چھُم ناتتی روزُن، ہیوٚ ریون کھسہٕ نس گژھیم عذاب''۔

''اِدٕ کیاہ پوٚ زِچھُ، کڈٕژ ہوٹلس منٛز تھکھ ہیوٚ تہٕ وَن تکھ پانے دوشٕونی''۔

یہِ وٕنتھ دژٕاپہِ تٔمی سنٛز نوش ہوٹلس کُن تہٕ کیٛنٛہہ کال گژھتھ ژاپہِ سوتہِ پانہٕ ہوٹلس کُن وارٕ وارٕ۔

ہوٹلہِ کٕنبن دون کمرن منٛز رٕوٕ دیٛ تٔمس ورٲے باقی بأژ صرف لرِ پھرِٕنی دِوان مگرا کھأ رِکس ہِتی کرٕ کھنہٕ کانٛہہ کتھاہ۔

صبحس دژاے تم سُلی کارِ کیتھ منٛزلس کُن تہٕ تتھُے کارتھنٛدِ مکانہٕ رِکس گیٹس نِش وٲژ، یکدم مُژ رووچھوکی درن گیٹ۔ اتہِ اُس ٹرک گوٚ ڈے وٲژمو۔ کارژاے اندر تہٕ ساری وٕتھی لوتہِ پٲٹھی، صرف ہیوٚت شُر بوٚ ہنا رِگنٛڈُن تہٕ دژوٕ کُن۔ پانہٕ وٕژھ سو سارِیوٕ ے پوٚتُس کارِ منٛزٕ تہٕ مکانس کُن ترٲوِن ہیٛرِ بوٚن نظرٕاہ، مگراز باسیوٚس نہٕ یہِ پٔنُن مکانہٕ، یتھ منٛز سو پرٕ بتھ

ؤری یہِ دؤن دؤن ترٛ ہن رٹتَن روزان اُس۔

"یہِ چھُ بدلے مکانہٕ"۔

سو ؤژھ کلہٕ گلہٕ وان گلہٕ وان پانسے ستی۔ اُتھی منٛز آیہِ تس بڑ وٚنہہ کُن کرایہِ ؤرِنی تہٕ خاَر پاٹھ پرٛ ژھنٛس مگر تس باسے یہِ از کرایہِ ؤرِنی یہے سرٕ فنٛی ہش ، کلہٕ ستی دِتنٛس جواب تہٕ ہیوٚتُن مکانہٕ چہِ ہیرِ کُن وارٕ وارٕ کھسُن ، مگر ہیٚنہِ پھیر واپس تہٕ گیہِ کارِ کُن ، کارِ ہنٛدِس بانٛٹس پھرٕ نوؤن اتھٕ تہٕ پھیر ہیٚنہِ مکانس کُن یُس ازتس کھیٚنہِ یوان اوس۔ ہےٚ دِلی سان ژایہِ سو پتنٛس کمرس منٛز ، ہیٚتہِ تس پزٕ بتھ ؤری یہِ پتُن بأژ پانس ستی ستی باسان اوس، مگر اُزی چہِ لٹہِ باسیوٚ وتس زنتہِ تمی سُند بأژ کمرٕ منٛز امی ساتہٕ ؤلی ؤلی نیرِ تھ کارِ منٛز بیوٚٹھ ، تمہِ ترٛ وو وؤش تہٕ کمرٕ چھن لبَن کُن تُجبن اُچھ تمہٕ تہِ باسے یَس وؤپرٕ ے ، سو پچ بڑ وٚنہہ کُن تہٕ اُچھ ؤٹتھ ترٛ اُون بڈس پتھ ڈاف تہٕ لِکس رأتی راتس میوٚی کُنڈی۔

دوٚیمہِ دوہ صُبحس ییٚلہِ تمہِ وُنیٚدرِ اُچھ مُژ راوِ کمَن گوس شُرٕ بن ہُنٛد بول بوٚش ، نوشن تہٕ نیٚچو بن ہنٛز کتھٕ کتھ تہٕ اسَن ترٛ اے ، سو ؤژھ لوتہِ لوتہٕ زن لُکرٕ ہش بڈٕ پتھٕ تہٕ دارِ کنٛی ترٛ اُون نظراہ زِ کار کتہِ چھَ ، کار اُس تتی یتیتھ کالہٕ اُس۔ تمس باسیوٚ کار چھَ زَن تسی پیاران۔ سو ترٛ ی اپور نوشن نیٚچو بن نِش ، اتہِ گأس نکی شُری الاندی ، نوشہِ نیٚچوٚ تھی تھوٚ دتہٕ سو ؤژھ لوکٹس نیٚچوس کُن:

"ہیایہ کار کونا چھُہون اند کُن تھاوٕ مُو......!"

"یہِ ۔یہِ ۔ییکیاہ تھاوون !"

یہِ وُنِتھ دژاوتُمۍ سُنٛد لوٚکٹ نِچوٚ تہٕ کارتھاوِن سٹارٹ کٔرِتھ اندٕ کٕن، سُہ کھوٚت واپس تہٕ سوٗ ژھ وارٕ وارٕ اچھل بُتھ، کارِ دِتِن گتھاہ تہٕ وُٹھن پیٹھ اسُن شیرِتھ گیہِ لانس کُن مگر یِیتہٕ باسیوٚس وو پرھیوٚ تہٕ ژٕج کارِکُن، درواز مُژرٲوِتھ ژایہِ کارِ منٛز تہٕ پھژٕ کھترٛووُن، ووٗنی ہوٚن ہیر بڑ بڑ کتھٕ تہٕ اسَن کھنٛگالہٕ گوٗہنٛز تہٕ أتھی دوران وُتھی نِکۍ شُرۍ دَوے تہٕ لگی لانس منٛز دوٕ دوٕ کرنہِ۔

تمہِ وَچھِ کارِمنٛز أچھ تہٕ سکوٚ ناھیوٚ بأستھ ٲنٛجہ پانسے ءِتی ونہٕ نہِ:

''ولہٕ بی ژیٚےَ منٛز چھس تہٕ ژٕ ے چھُھم ٹِنٛز......!''

أمِس اوس وُ ہ وٗ ری بڑ وُنہہ خاوند ہنٛگہٕ منٛگہٕ گذریومُت، یِس ءِتی سواتھ کارِمنٛز واریاہس کالس ژھالہٕ ماران أس، توَے تہٕ أ ءِسس یہِ کار ٹأٹھ مگر بدَل وِنوہأبتھ ناک حالاتو، کِنٛز أس ووٗنی کارِکُن سوزِیا دَے پہَن ییرٕ نہٕ آمِژ، یہِ ڈٕلی زِتہِ زَن تہٕ کارِجوداوُسس کوٚ رمُت۔

کینٛژس کالس کارِمنٛز بیہنہٕ پتہٕ کھۄژ سوٗ واپس کمرس منٛز تہٕ ہیرۍ مِس کُن ظوناہ کٔرِتھ پیٹھ کُرسی پیٹھ زِبجہِ نوشہِ کھأجس چاے۔

''دوٚپ مَے ہے، یِمن شُربن زن چھُن ووٗنی یِیتہِ دِل ہیوٚ تمُت لگُن......!''

سوٗ ژھ بجہِ نوشہِ کُن۔

''آ......بل گُل''، بجہِ نوشہِ دِیُتس جواب۔

''مےٚ کیابی چھُ ہیوٚ رکھسُن مشکل گوٚھان، یِمَو ونیوٚ واکرایہِ درباہِ گوٚھ

بیٚپس جایہِ کرڈیر۔

''آ......آ......دون ہفتن تام نیرِ سو......!''

نوشہِ دِتُس جواب۔

''تیٚلہِ گوٚ وجان، یمن ہاے وۄنُتھ اتھ کارِ دیاوٕنی مِسترِس اتھِ نظراہ، یہِ گۄھم اَرتہٕ ڈٕرنظرن تل روزٕنی ......!''

''اِدٕ کیٛاہ یہِ چھُ ضرۅری......!''

نوشہِ دِتُس جواب تہٕ تُرٛی اپور۔

کرلیہِ دارِنی دژایہِ اکُے ہفتہٕ گۄھتھ تہٕ پتہٕ گوٚ واتہِ دوہہ کھوتہٕ دوہہ نوشن نیٚچوبن تہٕ شُربن ہُنٛد چُرٛی گیٚشُ بڑان، تمو ہیوٚت وونی شامَن شامَن کارِ کیتھ چکرس تہِ نیرُن تہٕ تہنٛدِس واپس یِنَس تام اَس تس گرِ روٗزِتھ وٲنٛج اَڈٕی روزان۔

مگر امہِ پتہٕ دوہہٕ ترِنس تہٕ تُتھی دوران گوٚ وتِمس کنٛن زِ نیٚچو چھِم یہِ کارکِنٛز یژھان، تمس رٲووٲنٛج تہٕ اناسیرٕ ڈٔجَس، پان باسیوٚس دِلہِ جگرس نِشہِ زن تہٕ ژھٕنبہٕ گۄھان، جگرٕ گرِتھ ہیوٚتُن منہٕ منٛزی کارِلولہٕ مُتی لاے کرُن۔

مگر امہِ پتہٕ کینٛہہ دوہہ گۄھتھ اکہِ دوہہ یِیلہِ تِمس لانس منٛز کمَن تام وۅپر مردن تہٕ نیٚچوبن ہنٛزٕ کتھ کنٛن گیہِ، سو دژایہِ بڑاندس پیٚٹھ۔

اتہِ دُچھ تمہِ مِسترٕی تارٕ کارِ اَندی اَندی پھِری پھِری وُچھان، سوٗ ژھ گوڈٕ نیچہِ لٹہِ وولہِ بور ہیوٚ پان ہیتھ تیز تیز ہیرٕ پاوبن تہٕ اَتھ نیٚچوبن کُن بدلے بتھِ وننہٕ:

''یہِ کھیو وڑ لیِل ۔یم مِستری کیاِ زِچھِ کارِ گتھ کران''۔

بۆڑھیۆ نیچو وۄتھُس کمہِ ہٹہِ:

''موجی أش ہے کرناوتھ، ژمے ہیٚہ فِکر، وُچھ بی یتھ شہرس منز ہے چھ سڑکن پیٹھ نوے نوِ قسمہٕ چہ کارٕ پکان، اِدسأری یتھ سانہٕ کارِ گن بدلے نظرو وُچھان آسانٕ تہٕ حقارتن گونٛتھِ تلی اُسن تژ اوان......!''

وُنہِ أس تمی ہندِس بڈس نیچوس پننٛ کتھ پوٗرٕ کرنے زِ سو وُڈتھ بے کس ہش گأمژ سارِنے گن وننہِ:

''ہتاہتایہِ کارمتاگنٛزتون، یہِ متاگنٛزتون، فِکرِ چھو ناتژان، ہتاوُ چھوٗاتھ کارِ چھنا سانہِ وطنک پےٚ پتاہ تہٕ نمبر، چھُس نالیکھتھ سانہِ وطنُک پےٚ پتاہ تہٕ نمبر بروٗنٛٹھی کنٛز تہٕ تہٕ پتی کنٛزتہِ___!''

یہِ بوٗزِتھ لجِ تمی ہندِ بن نیچو بن أچھ درس تہٕ دوٗرِ براندس پیٹھ اِستادٕ تمی ہنٛزن نوشن لجی أشِس ددراے تہٕ أتھی دوران ژایہِ سو بے وایہِ کارِ منٛز تہٕ درواژٕ کوٗرنس زورٕ بند۔

☆☆

# کوہِ قاف زِینتھ

اکھ کرٛیوٚٹھ تہٕ زیوٗٹھ سفر، تِلہٕ سرٛک، تاپہٕ کرٛاے تہٕ سُہ، یُس ستھ میٛوٗ بنہٕ
ہتھ پکان پکان سوٗنچان اوس۔ آ...... سوٗنچان مگر پٔتن نہٕ کینٛہہ۔

''میٛون دُنیاتہٕ سورُے کینٛہہ چھےٚ یمہٕ میٛوٗ بنہٕ''۔

تس ییٚلہِ دستارن تہٕ کسابن ژھٕپھ ہیٚوٗ، سُہ پیوٗ پالیس۔

''ووٚنی پٔیہِ یمن میٛوٗ بنن راُچھ کرٕنی، نتہٕ گرٛٹھ یمن واو دکو تہٕ رُدٕ شرٛانیوٗ ستی
اُدرٕ کھٔل، چھٔلہٕ چھٔل تہٕ رٔب۔ مگر بہٕ۔ آ۔ بہٕ دِلکھ نہٕ اُدرٕ کھٔل گوٚھنہٕ!''۔

سُہ اوس یِی سوٗنچان آسان تہٕ کُستام اوٚسس لوٗ تہٕ پاُٹھی پکھہٕ بچہٕ تل ونان
آسان:

''منزِل چھُ کریوٚٹھ، سبٹھاہ دُشوار تہٕ دُور، یہِ سفر واتِی نہٕ انٛد......!''

مگر تس اوس یہِ بوٗزِتھ اَسن نیرِتھ ژلان تہٕ چوبگ دانہِ اوس صدا صدا

دِوان بڑوٚنہہ پکان تہٕ کیاہ زِ تس اوس نا دستارن ژھیٚنتھ دِنہٕ بڑوٚنہہ باند کوٚرمٕت:

''یمہٕ میٚوٕ بنہٕ چھےٚ حوالہٕ، لعل جُری زبکھ، پوٚش لاگی زبکھ، یتھ سارے خوش کرن، یادتھوپٹن پان گُری زِیمنےٚ اپرن''۔

تس پیٹھ سوکتھ ہودس تہٕ تفس منز باگ میٚوٕ پیٚندِ زن تہٕ بأرتھس تہٕ سُہ گوٚو بڑوٚنہہ بڑوٚنہہ لمان تہٕ پکان۔

دوٕیہِ کایا دو......دُونے چار......دو تیا چھےٚ گوٚو دوتلان تہٕ بوٚڈان۔ لَقَد۔فَقَد۔فَلَم۔ کرمد، عجب، حسَد، حمَد، نقب گوکھن مانچھ بران تہٕ پڈری صدا۔

ٹوٹھا ٹوٹھا،......قچ قچ......ٹوٹھا ٹوٹھا......قچ قچ ۔ رۆدسڑکہِ بٹھمن ٹھاسنہٕ یوان۔ تہٕ سُہ گوٚولولہٕ سان تہٕ مایہٕ سان بے والیہِ پکان۔ییٚلہِ بوچھِ تیٚلہِ نہٕ کھیں، ییٚلہِ ہوان زن آٹہِ نُون۔ مگر پوٚت نہٕ ہوان۔ گہے جوٕتر ڈیلان، گہے راس ژلان، مگر پوٚت نظر نہٕ دِوان، تس اوس سبٹھاہ دۆراکھ ژونگ نظرِ گوھان، سُہ اوس پانس چھانٹہٕ کراٹن تہٕ تتھ ژاٹگس کُن ستھ میٚوٕ بنہٕ ہتھ ترنچھِ تربچھِ کران دوان۔ کُنہِ کُنہِ وِزِ اُسس پانس پیٹھ سوار میٚوٕ بنہٕ راس چاران یمہٕ ستی تس دہانکہِ زورٕ ستی پزاژ کھلان تہٕ رتھ یوان اوس مگر توتہِ اوس نہٕ دگہِ سُرُ بنہِ کاونیران، زانٹہہ اوس نہٕ وأے سڑکہِ بٹھمن چھاونہٕ یوان، سونچان اوس خبر ستھ میٚوٕ بنہٕ ماسوچن:

ہیۄتُن منز وتہِ لۄب ئژکھۄ أسی أمِس سوار__!"

اوَے اوس نہٕ سُہ یژھہٕ کتھہٕ وۄتلنگ موقعے دِنہٕ یوان۔......دچھنٕ تہٕ

کھوورٕ دُچھان تہٕ پوش جران، سوارِ دِوان دِوان واوس ستی کتھہٕ کرناوان،

تمہٕ آسہٕ وُٹھن پیٹھ اُسن شیران یَمہٕ ستی تس میۄ میۄ کھسان، میۄ ژینٕی ووگلان

أسی تہٕ سُہ اوس باقیَن کُن تھیکتھ أچھ ٹلان تہٕ اے اوسُس کسلہٕ یاد پیوان تُمی

اکہِ دوہہٕ وۄنمُت اوسُس:

"بۄ زتھا۔ مے چھےٚ وونی بیا کھگام، بہٕ گوٚھے چأنِس دستارس کولہٕ بٹھن

وِرِوارن، کھوژۄنِن وَنن تہٕ بالہِ تھگنین پیٹھ ژھارنہٕ، ینہٕ بامے پتہٕ ستھ میۄ بنہٕ

أڈرنہٕ ینَے، پانس ہیتھ کرناوکھ زہن یمن دِیزِ منزلس تام سوأرٕ ینہٕ باس دِکھ

وتہِ پیٹھ زِبہٕ کیاہ تھوٚکُس وونی ......آ......یادتھوٚی زِبہٕ نیرے وونی"۔

تمہِ وِزِ أس تس یہِ بوزان ٹفس بۄنہٕ کنہٕ اوٗش دَدِراے نُج مۄ یَمہِ اوٗش

دِدِرایہِ پکھ پچن ہندہن اندن تہٕ پایہِ دانن سرٛان کوٗرمُت ژھٹھ کڈتمی رٕ ٹی

بیٚیہِ راس، چوٚبک دانہِ دِژن زِیرتہٕ بے وایہِ دژاو منزلس کُن۔

"سولاں کایہِ سولاں۔ سولاں دُونے ہیس"

$(A+B)^2=a^2+b^2+2ab$

"What are the sources of the early history of India."

"Civics is the study of citizenship in its broadest sense."

"A cell is a unit of living structure __!"

الم نشرح لک صدرک ووضعنا عنک وِزرکَ الذی انقض ظہرک ورفعنا لک ذکرک..........''

یمہٕ سارے آوازٕ آسہٕ ٹانگہِ آوازِ ہتی ژلی ژلی تہٕ میلہٕ میلہٕ وتہٕ بٹھن ہندٕ بن سین چاک دِوان تہٕ سُہ اوس وولہٕ سنس یوان تہٕ گدِ تلہٕ کسابہٕ کڈان، سُہ اُچھن متھان، تتھ پھٹلی شیر نہِ شیران سنبھالان تہٕ بندر بن چمکاوان تہٕ پتہٕ کیٛاہ تام سونٛچان آسان، اُتھی منز ییٚلہِ سُہ لبٕن اوس کھسُن ہیٛوان سُہ اوس کسابہٕ ژلی ژلی گدِ تل تھوان تہٕ پانس راس چاٲرِتھ بڑ وٕنہہ کُن لمان۔

اکِہ دوہہٕ ییٚلہِ تس سمنٛز وتہِ گرِ کنہِ منٛز رنڈُک نیرِتھ آو، سُہ وٕتھ بوٚن تہٕ لوٚگ رنڈُک گرِ کنہِ چہِ ہالہِ منٛز کھالنہِ مگر رنڈُک گوٚ واکہِ اٹھ کھسان تہٕ بیکہِ اندٕ وسان۔ اُرک وٕتھس، ہوداوُسس خالی، دُگوش اوسس گوٗہان مگر وٕٹھن پٹھ شُورن توتہٕ اسُن تہٕ تیٚتھے کلہٕ ٹلن اتہٕ دُچھن صرف پانٛژہ میٚژٕ بنہٕ سوار، ژٕ آسہٕ ژجہٕ منٛز، یہٕ ڈٕہشتھ ژوٗل تس بٕنیہِ اسُن نیرِتھ جوٕتر باسے لیس ڈیلیمٕ وتہٕ بَم ڈلیٕ ہتی، مگر کتھ گژن نہٕ، رنڈُک کھوٚت گرِ کنہِ چہِ ہالہِ منٛز، تُمی تڑ و پھڑکھ، اُرک ووتھ روُون تہٕ چوبک دانہِ زٕیرِ دِتھ گوٚو بے وایہِ پکان تہٕ وُٹھ گاٗس کُملان۔

مےٚ ووتےُ سبٹھاہ کال پیاران

ژکونہٕ اوٚبرِ تلہٕ نیران، بہٕ وُچھِ ہاے

ہرنہٕ چشمہٕ کٔنہہِ نہٕ ہٹومس سیٹھا پرتہٕ دوٚرِ لوُٹھ

مےٚ ووتےٚ دَشہِ گنڈان

ژُکونہٕ اؤبرٕ تلہٕ نیران

سٕہ رٕوٗ دیی ونان ونان پانس چھانٹہٕ کران،

پانس تسلا دِوان تہٕ منٛزلس کُن بے وایہِ پکان تِکیٛازِ اکھ آش اُسس، دُورِ شُونٛی کِس وچھس منٛز اوٚسس اکھ ژونگ دزان باسان تَوے اوس بے وایہِ بڑ وٚنہہ کُن لمان نہ دانٛک غم نہٕ نارٕ گاٚسہٕ فِکر تہٕ نَہ اردا بٔک طمع تہٕ اٚتھی جھکھِ جھکھِ منٛز ییٚلہِ اکہِ دوہہ پکٕان پکان تِس ہودس منٛز کھسیٛل سبتھاہ کم باسیہِ تِس گوٚو دُگوش، توتہٕ ڈاٚ ژِن کتھ مگر کمی تام وٗنُس پکھِ پچن تل:

''ہن ژیےٚ پچھے ووٗنی بنیو مُت سنگرٕ اٚمی ٹانگہِ......!''

یہِ بوٗ زِتھ ژٔلی تِس پڈریو تلہٕ نال نیرِتھ، مگر جگرٕ کوٚرُن باس دِتُن نہٕ کانٛسہِ تہٕ پکان گوٚو۔ لمان گوٚو، کھمان گوٚو۔ تڑ بن میٛوٕ بنٛ لاٚ رِکن پوش تہٕ واتہٕ ناو بن مقامس، میٛوٕ پیٚندِ کوٚ ڈنس واشاتہٕ اٚچھ پھیری پھیری تمن کُن وُچھان وُچھان دڑ او بڑ وٚنہہ کُن مگر غدرٕ کہِ دوہہ آوسہٕ اٚ رِکس چھمبس ءستی چھاونہٕ، کمانہٕ گیٚس ییٚلہِ، پایہِ دلنہٕ تہٕ پکھ پچہِ گیٚس چھوکہٕ لد، بمن آس زور تہٕ اٚچھن گوس لنہِ گوٚٹ توتہِ دِژتمی گوٚڑ دون میٛوٕ بنٛ تھپھ، تمہٕ آسہٕ وارٕ پاٚٹھی نارس باسیوس گُل زار تہٕ سوٚرے غدرمو شُس تہٕ گوٚو خارس، خارن گرس ہیرِ بوٚن نظراہ تہٕ خبر کیٛازِ ووٗتھس ووش ترٛاٚوِتھ:

''تُس مال چھِ پنٛیٛمُت ژھکھ گریُٹ آبیُٹ، ءستی ءستی

گۆژھ نامر متس یِن ، ولہٕ یہ کرٕ کوٗشِش ژٕ ٹھیک کرٕنچ مگر ییٚتھ ہبا وسٕکھ تیتھٕ
نا با ہسلکھ ہٕنتھ ......" ۔

تمِ کر پورٕ ژھوپہٕ تہٕ بے شونگ پاٗٹھۍ ترٲوِن دوٚن میٚوِ بنٕ گٕن نظرٕاہ
مگراتہٕ اٲسس اکھ میٚوٕ بنہٕ ژٕج ہوٚتہٕ دۆیِم اٲسس مُدے گنڈِتھ وٗچھان ، تٕمۍ
چوٚز ہر پیالہٕ تہٕ بگٕتر دوٗن اُسن تہٕ لوٗگ بیٚیہٕ پانس تسلادِنہٕ ۔

مےٚ ووتے سبٹھاہ کال پیٲران
ژٕ کونہٕ اوٚبرٕ تلہٕ نیران
سٕہ اوس اٲتھۍ منٛز مس زن گومُت زِخاروٗ تھٕس
"گرٕھ با ، مگر پٔنُن تھوخیال ....!!"

یہٕ بوزِتھ ڈُڈرُن اندرے ووشِ تہٕ کھونہٕ منٛز چھہٕ میٚوٕ بنہٕ دِتُن نہٕ باس تہٕ
چوبنگ دلنہٕ زِیرٕ دِتھ دژاو ، مگر ووٚنی اٲسس نہٕ سوبزٕ وُنہم رفتارٕ تہٕ سٕہ وبسہٕ تار ،
گِرِ کنہٕ تہٕ اٲسس اورٕ یورٕ ژلان ، ہودس منٛز اٲسس ووٚنی گاہ بے گاہ کھٔسِل
آسان توٚے اٲسس بم گسہٕ آمتی ، دُرس بٹھ ژاٗمت ، ٹپہٕ کمرٕ ڈجہٕ ہوٚتہٕ
زیٚنس زچہٕ گمژ مگر توتہٕ ہیوٚت نہٕ تمۍ یتھ ، درٲتی لاگہٕ ناٲوِن ، مُد وشو پرن درٲتی
وتہٕ لیہٕ ، واہی شروٗپے تہٕ سٕہ گوٚو ٹھکۍ ٹھکۍ پکان تہٕ ژھیٚنۍ ژھیٚنۍ ڈوکھر دِوان ، ووٚنی
اوٗسس نوٗرن تہٕ کلہٕ کوٚڈمُت مگر دجن ہُند آرٕ کرٕ نڈُل گنڈُن تہٕ پکان گوٚ ورِ
زنگ تہٕ زنگہِٕ نرواٹان تہٕ اکھ میٚوٕ بنہٕ ہتھ منٛزلس گٕن پکان ۔ تہٕ اٲتھۍ منٛز دِژٕ تمۍ
اکہٕ دوہہ الہٕ گاٗبہٕ یتہٕ گٕن نظرٕاتہٕ اٲسس اتمۍ میٚوٕ بنہٕ تہٕ بے شونگۍ پاٗٹھۍ ژٕج

مٕژ، یہِ ڈیٛشتھ پھوٗٹ لتس دُرٕ تہٕ بَم آس وُکہٕ راوٕنہٕ۔

دۆیمہِ دوہہ صُبحس اوس ٹانگہٕ اَکِس سڑکہِ بٔٹھس گُن پیٛومُت تہٕ گُراوس ژۆلمُت۔

☆☆

# الف تہٕ دال

تم زٲسی دارِنش ہیتھ تہٕ دۆیم اوس گوڈنِکس سوال کران "چھُنا صلاح دأر مۆرااو تہٕ اکھ نظراہ کرو سأری ہے"! مگر گوڈنِکی اوس یہِ بوزتھ لۆب ہیوان تہٕ ونان اوسُس:

"وونی کیاہ نیرِ امہِ منز، یہِ اوس تہٕ وُچھ، ژےٚ یم اتھری کرِتھ تم ژالی مےٚ ، کرو ونی ژھوپے تہٕ گرِتھ چھُ اتہِ چانہِ خاطرٕ دٕ دِونےٚ دٕ دون"! مگر دۆیم موٹیو نہٕ امہِ کتھِ ستی تہٕ کیاہ تام سوچتھ مۆرن یاشاہ گرِتھ اکھ دارِ پۆٹ تہٕ لۆگ تماشہِ وُچھنہِ۔

وتہٕ پیٹھ اسی واریاہ شُری، یموٚ منز اکھ شُر سزِ لُنگس رگنڈ اِن اوس تہٕ باقی ٲسی پننِس پننِس بازس پیاران، یمن سارِنےٚ شُر بن ٲس سزِ لنگس منز جنت تہٕ کوکر خانہٕ زینہٕ پنچ چکہٕ چک لٲج ٲمژ۔ دارِ پیٹھکی یمو دو یونفروتژ ٲواکھ أکس

نظراتہٕ لگہٕ سزٕ لنلگٕیک تماشہِ وُچھنہِ، أتھی منز ییلہِ أکی شُری کوکر خانہٕ زیۄن تمہِ تُجہِ ووٹہٕ تہٕ اتھ کامیابی پیٹھ ووٹہٕ ٹُلان ٹلان گونالہِ منز، مگر بیٚیہِ ووتھ تھوٚد تہٕ لوگ بییس شُری ہِندِ گِندٕنک تماشہِ وُچھنہِ، سُہ ییٚلہِ گِندان گوٚو تمہِ زانہِ گوڈنِکی زٕ خانہٕ یمن دون خانن أس نہٕ کانٛہہ اہمیت تہٕ امہِ پتہٕ لوٚگ منزِ یم شُر جنت زینہِ، دارِ پیٚٹھکی دۆیم وۆن گوڈنِکس کُن:

''بابا کر ووٕنی گوٚن بند، وُچھ تژیم شُر چھُ جنت زینہٕ نِچ کوشش کران ــــ''! یہِ بوٗزِتھ تژ ووٗس گوڈنِکی نفرن اُسن تہٕ أچھ وُٹِتھ ٹُلن بیٛاکھ بأتھ، دۆیم نفر گوٚو گوڈنِکی ہِندِس اتھ وٕطیرِس پیٹھ یُہے ہے بنگہٕ ہیوٗ تہٕ لوٚگ بیٚیہِ أس تژ وپرِتھ سزٕ لنلِکُ تماشہِ وُچھنہِ، تژیم شُری گُر خانہٕ زینہٕ موکھہٕ سزٕ لنگس گُن تھر، پِنٛنی کِنی تژ ووٗن سزٕ جنتس گُن مگر سزٕ پیوٚو بٚییس خانس منز، یہِ ڈیٛشتھ تژ وو دارِ پیٚٹھکی دۆیم نفرن ووٗش تہٕ لوٚگ بیٚیہِ تماشہِ وُچھنہِ، گوڈنیُک نفر اوس گبونس ہِتی مس، کینٛہہ ژیٚہہ پتھ تژ أوِتھ آیہِ تژیمس شُرِس بیٚیہِ وأر، تمِ تژ ووسزٕ أکِس خانس منز چاوِ سان تہٕ لونگ گرِتھ دژ اوامہِ سزٕ نبر، خانہٕ زینہٕ موکھہٕ تہٕ گرٕن سزٕ لنگس گُن تھرتہٕ پِنٛنی کِنی تژ ووٗن گوٚڈنِکی پأٹھی سزٕ جنتس گُن مگر یَمہِ لٹہِ پیوٚو سزٕ جہنمس منز، شُر بوٗتُل شور تہٕ دارِ پیٚٹھکِس دۆیمِس نفرِس پھوٚٹ تژُن عأرق تہٕ تھہہ ریٛوو، زن پیوٚو تس کیٛاہتام یاد تہٕ ہنا سوٗنٛچِتھ مُوٗرُن دۆیم دارِ پوٚٹ تہٕ لوٚگ وتہِ ہِنٛدِس دۆیمِس اندس کُن تھلہِ تھلہِ وُچھنہِ، گوڈنِکی نفرن مُژراوِ أچھ تہٕ ییوٚ وُچھتھ آس اُسنا تہٕ تُجن بیٚیہِ گبون لُہرا، مگر تماشہِ وُچھن وألی

دۄ یم نفرن لوگ ڈٲلی کاوتہٕ لۆگ بے شۆنک پأٹھی أکس کرِ گن وُچھنہٕ۔ یوسہٕ أ تم کیثہہ وٕ ری برٕ وٕنہہ مُجہِ مولہٕ گٔنی ہٕ شٔ اُس، کینژس کالس لرِ گن وُچھِتھ ہیٔہٕ تٔمی دأ ر دِنی مگر گوڈنکی نفرن کۆ ر یکدم گبُون بند تہٕ لۆگُس وننہٕ: "ہوش کر، پننہٕ وٕنہِ دأ ر دِکھ، مےٚ ونو مے نا گوڈے، دأ رمہٕ مۄ ر، ژےٚ ماموُنتھ......"!

"اِ ووٕنی کیاہ گۆ وتمہٕ ستی......"؟ دۄ یم کۆرُس عأجزی سان سوال تہٕ گوڈنیک وۄ تھُس در جواب:

"یتھ لرِ ژٕ تھلہِ تھلہِ وُچھان اوسکھ بہٕ پاوے ژےٚ اچھ اکھ ڈٔلیل یاد......"!

یہٕ بوٗزِتھ وبہٕ ریٚو ودۄ یم تہٕ باخبرٕ ہۆت لۆگُس وننہٕ:

"ستراوووٕنی، ماآس یرٕ انین کتھن پھیٚر دِوان......"!

أمی ہنزِ اتھ بُز دلی پیٹھ ژۆل گوڈنکس اُسن نیرِتھ تہٕ لۆگُس وننہِ، "خبر یاد چھیہِ، اکہِ دوہہ نیوٗ امہِ لرِ ہندِ آنگنہٕ منزٕ گانٹھِ کوکرپۆت......"! دۄ یمس نفرس ہیٚتِنی یہِ بوزِتھ پنٔی ڈٔلنی مگر جگرٕ کۆرن تہٕ لۆگُس وننہِ "وۄ ن مے نا کرٕ ژھوپہ......"!

گوڈنکس نفرس ژۆل اسن کھنگالہٕ نیرِتھ تہٕ وۄ نہٕ نس تنگ کران کران "بوٗزِتھے گژھ ووٕنی، اتھ لرِ منزٕ ہبا آسہٕ ژٕ سورمہٕ چشمہٕ روزان، یمن سوٗنتہٕ کالے ٹاریوژھیتھ ہیٔہٕ شٔ اُس تہٕ یہٕ وُچھتھ دِژ تمن سورمہٕ چشمن کٔمی تام شاٹی تارکھ ہأوی ہأوی تھِتھ تہٕ نیکھ لأکھتھ سیتہٕ ژٕ ہرِ دہ کالِ تمِ لرِ ہِنزِ چشمہٕ

اتہِ نبر دأرِتھ......"!

گوڈنِکس نفرس نشہِ یہِ ڈٔلیل بوٗزِتھ پھوٚٹ دۄیمس نفرس زن کمرتہٕ باسیوس زن تہٕ نیوٗ بیٚیہِ اکہِ لٹہِ گاٹنہِ کوکرپوٚت تہٕ ژُریوٚتل شور، گوڈِنکی نفرن تِج بیٚیہِ گبوٗن لٔہر، مگردۄیمس نفرس لگی یِہے پھپھرنی ہوی تہٕ دِژن ڈٔلی ڈٔلی دأر، یہِ ڈیٖشتھ ترٛوو گوڈِنکی نفرن بیٚیہِ اُسن تہٕ لوٚگ بڑِ بڑِ گبونہِ، کینژوٚس کالس سوٚنچتھ وۄتھ دۄیم نفر کمہِ اندازٕ گوڈِنکس کُن، "چھُنا صلاح دأرمُژراوو بیٚیہِ......"!

گوڈِنکی کوٚرگبوٗن بندتہٕ لوٚگس حأرأنی سان پرٛژھنہِ:

"کیاز......"؟

"مے چھُ باسان ترٛیم ژُرآسہِ بیٚیہِ جنت زینۂ لوٚگمُت......" گوڈنِکی ترٛوو ٹھاہ ٹھاہ گٔرِتھ اُسن تہٕ ووٚتھُس:

یہِ مے چأری کتھٕ، ژلوٗن واوکتہِ پھیرِ پوٚت، یم گیہِ ٹٔکی پانس تسلا کرٕنی، ووٚنی کیاہ نیرِ دأرمُژرنہٕ ستی، ژُری آسن ژٔلی مٔتی__"! گوڈنِکی سُندیہِ جواب بوٗزِتھ گیہِ دۄیمس گلہِ زِ بومگر رژھ کھنڈگوٗھی تھےووٚتھُس بیٚیہِ کمہِ ہٹہِ:

"دۄیے تام گژھونہٕ أسی کُن تہٕ اکھٕ نٔو دأرنمون کھأتھ، ژٕہے ستی گوٚو وعد، پتہٕ یہِ ژٕونکھ تہٕ کرٕبہٕ، اکھتےٚ یہِ ژٕہے خوش کرِی تہِ کر، کیا چھکھ ونان، مان کھہٕ میوٚن"؟

"کرٕتھ بیٚیہِ چأری کتھ، یہِ گوٚو ہوٚچھِ مژ بونہِ ہریومُت پن لاگُن......"!

گوڈِنکی سُندیہِ جواب بوٗزِتھ ژٕج دۄیمس کھورِ تلہٕ مہوٗنیرِتھ تہٕ بیوٗٹھ ژھوپہٕ

دم گرِتھ أسس باسیوس ٹبٹھ وینگ ٹچھر ہیؤتہٕ پھِپھرِنی ہوی لاگس مگر گوڈنیُک اوس مزٕ سان لیِہ مژز گبوان۔

شامن بأگی ییٚلہِ ترٕ ژھ تہٕ شُشُر ہیؤتُن لگُن، دوشوَے نفرٕ تھی اندر کُٹھِس گُن تہٕ رژھ کھنڈ گرِ ھتھ باسیِہ دؤیمس نفرس زن لوسہٕ مژٕ أچھ تھلہِ تھلہِ وُچھان، تس باسیو گوڈنیُک نفر گبوان، گنڈی دوپھ بنیو مُت تہٕ پننِس پانس باسیوس پھمبہٕ ڈیؤنگ گومُت، أسس باسے ییس مہرِ رگنڈی تہٕ أتھی مژز دژا اوسہ زن گنڈی دوپھ کہِ وچھِ مژزی سبٹھاہ مُشکلی سان چھو کہٕ لدپھمبہٕ ڈیونگ ہیؤتہٕ گوٚڈنِکی نفرن کوٚر گبوُن بند۔

☆☆

# پِک ایکس

دپان قأدکۍ تہٕ جٮ۪لو وُچھ مُرِتھ لرِ ہُند ترام بنیومُت شیر دُگاڑ وتہٕ دژ ایتھو

ستۍ والنہٕ یوان۔

یتھ لرِ منز جگرِ تہٕ زونہِ علاوٕ زمہٕ تہٕ زیتوٗنُ آسہٕ روزان تتھ أسۍ درواز

الگ الگ اماپوٚز شیر گنٕہ، مگر سُہ شیر نہٕ کینٛہہ یتھ اپارِ یپور ہکہٕ ہونہٕ تٕرِتھ،

تِکیا زِلرِ ہندِس شیرس آسہٕ دارِ، ییمہِ کِنۍ جگر ماس گھے اپارِ شونگان أس تہٕ گھے

زمہٕ یپارِ، تہندۍ شُرۍ تہِ أسۍ اپارِ یپور تژان تہٕ گژ بژ ٹلان، گُٹھس منز دمبالۍ

لاگان، اکھ چُرۍ گِیُشا اوس لرِ منز آسان۔

"ہہ یے یہٕ قوٚد کتہِ شونگ، جوٚلِ شونگا یپارِ کنہٕ اپارِ پیسہٕ نبر......"!

شامن بأگۍ أسۍ اپارِ یپأرِ مۍ زیٹھی پنہٕ نِنن خانہٕ دارِ نِنن پژٕ ژھان آسان

تہٕ جواب اوس یہے آسان زِ: "شور کتھ چھہٕ ٹلان، آسن اپارِ یپارِ گُنہِ گُٹھس

منز......وٕلو بو چھہِ آسِو نٕج مژ ــــ"!

أتھی چُری گێشس تہٕ میچھرس دوران ییٚلہِ اکہِ دوہہ جگر تہٕ زون پھولوٗنہٕ گاشہِ یپارِ ننٚدرِ أچھوآسہٕ گلہٕ ژاولو تے أکِس کُٹھِس منٛز تہٕ ترٛاوِن شونگ ییمہِ سٟتی زن تہٕ کمہِ تام ازأنی احساسہٕ سٟتی جگرِ تہٕ زونہِ بدنس پھیٚرِنی لگو تہٕ لجہِ اکھأکِس وننہٕ:

کُستام ژاویور'، جگرِ دِژ مس ننٛدرِ پٕمی تِس قاأدِس تہٕ جیٚلس تہٕ زۄنہِ ٹھوٗبٕس گُن نظر۔ پھرٛ کھ ترٛ وۄکھ تہٕ جگرٕ ژھ کاڈ کڈان کڈان تھوٚد تہٕ لٟج زۄنہِ گُن وننہٕ:

"یہ وُچھنے کُس ژاویور، بدنس ہے لٟجم ہسر زن___"!

یہ وٕنتھ شیرِ تمہِ کلسِ وٕلی پۄژھ تہٕ پھلاأ ٹک پھیٚرن لأگِتھ دژ ایہِ وارِ وارِ تہٕ وُزِ کہِ گوڈٕنکس کُٹھِس منٛز وُچھن گلہٕ کھورِ شانٛدِ لر ترٛاُوِتھ کھوٚرکھ کڈان۔ جگرٕ دژ ایہِ مومژ وزنگو واپس، مگر جرٕۄت کوٚرُن، رولیس پھیوٚرُس سوزنیار تہٕ زونہِ نِش وأتِتھ لٟج تس خشمہٕ ہٕش وننہٕ:

"آہنے سُے ............ کڈِتھ گلہٕ چھُ ژامُت، کھرٛ وکھ چھُ ماران، چھُنا صلاح......"!

یہ ونان ونان کڈٕ تمہِ پھیٚرنہٕ چنٛدِ منٛزٕ زنگا گرٕ لدناستہِ ڈٟبہِ تہٕ ناس وُٹھن حوالہِ کران کران لٟج زۄنہِ ییٚہِ وننہٕ:

"چھُنا صلاح کھورکہِ ہوٚتےُ کڈوٗن گلہٕ ٹھوٗل وارِ وارِ نبر، اکھتےُ ٹلوکھ مرِ دتہِ ......"! جگرِ أس یِی ونان زِوِرنہٕ ووکھُل ہوٕنٕر ژاوتہٕ گُلہِ دِتٕن

ہِندِ رِہوٚتے ژُوپنڈل گُرِتھ نبر دأرِتھ تہٕ پوٚت کھورِ واپس أژِتھ ترٛاوِن پھکجٕ پھُٹجٕ پتھر تہٕ لوٚگ شانٔشہِ ہوٚت دوشوٕنی گُن وننہ:

''أمِس خبر ولو ہو، لۄٹھ آسہِ ہتامے ووت یؤت کال یور اژنس پیاران......''!

یہِ ونان ونان بیوٚٹھ سُہ پتھر، کھورن کوٚڈُن واش تہٕ لوٚگ زوٚنہِ تہٕ جگرِ مۄدرِزبہِ وننہِ......

'' ہتے جگری، تُہی کیازِ گابران یہ کیاہ وو پرزن چھس، شامن شامن چھُم کنن زن زرپہوان، بیلہِ تُہندی شُری ژوچہٕ ژوچہٕ چھِ کران آسان، رٕٹو یہِ پھُٹجٕ، اتھ منز چھُوا کھ گوژرتہِ، یتھ منز تومُل تہٕ اوٹ چھُ، گُرِ وژوچہٕ، شُری ووتھ نووٕنی ہِندِ رِ، اکھتے مرِ دتہِ......''!

یہِ ونان ونان کوٚڈتمی زنگن ہیٚنہِ رژھاواش مگر جگرٕ ژھس یہے پٔژہش:

''ہتہ جو زنگن مہ کڈواش، تُل یہ پھُٹجٕ تہٕ بڑاوڈُنگہِ، اسہِ چھُ مکایہِ واٹھے زبر......''!

تمی ترٛوواسُن تہٕ لوٚگُھ وننہِ ''مائو ووٕنی میونے، مکایہِ واٹھ چھُ دندن منز ژھیبھ ہوان......''!

''ہتہ جو! نیر کھ سانہِ گرِ منز کِنہ نہ......''!

جگرِ تہٕ زوٚنہ وۄنُس یہِ اکھ أکِس تھپھ گرِتھ بڈ ہٹہِ زِ شُری تہٕ مرِ دگیہِ ہوشیار تہٕ لگی حارأنی منز أچھ موٚران نٔبرس گُن وُچھنہِ تہٕ سُہ ووتھکھ

میچھِ زبأنۍ منز:

''ہیا جبار کا کا، ٹِلویہِ پھُٹِج، از ہا بچأوِ موزورِ نتہٕ لاگھو گلہٕ ٹھول پورِ وأنسہِ موٚزورِ، آ......''!

''مرِ دلگی اکھ أکِس کُن ہأولا ہیوٚک وُچھنہِ تہٕ کیاہ تام سوٚنچتھ وٕٹھ پھبرنن تہٕ کُرتنمن نٔرِ تہٕ جبارو ؤتھ جگرِ کُن:

''یہِ کیاہ ونان نٔبر کاکھ یور کُس اوس آمُت''!

''کا کا ؤن نے نایٔہے کوچہِ تلُک گلہٕ،

گگرِ ہنڈی پأٹھی ژاوتہٕ شونگ ترٛأون، پتھے ژاویہِ تہٕ ژوپہنڈل کُرِتھ دِتُن نبر دأرِتھ تہٕ پانہٕ بیوٚٹھ یتہِ کھورڈ کھرأوِتھ......''

یہِ بوٚزِتھ ؤتھی سأری مرِ دتس کُن بڈِ بڈِ:

''ہے ووتھ سہَ نیر یتہِ، یہِ کیاہ مأکی ہنزِ لُر چھیہِ......''

مہ......مےٚ کتہِ وؤن تہٕ، مگر میانہِ ہتی کیاہ ہرجہِ چھُوتوہہِ، تلا جبار کا کا پھِر یہِ توٚمُل تہٕ اوٹ، پتہٕ ہا بوزو، ئلۍ کھألیِ و پھبرنن تہٕ کُرتنمن نٔرِ ہیوٚر......''!

''نہَ سہَ نہَ ژِ نیر یتہِ! جبارن ؤنُس نٔرِ کھونہٕ وٹو ہیوٚر کھالان کھالان''۔

''ہتا کتھو چھُو پأنس شانٔش کھالان، گوٚڈہ ہولِرِ ہنڈس شیرس کُن ترٛأیِ وِ نظر تتھ چھُو نہٕ ووٚنی دار یہ تہٕ ہوڈِ گلن نمٕرتتھ خام سیر کھأتھ، تمن گوٚڈھان ترنو

ترنو......"!

نیرٛن یہٕ وٕنن زِجگرِ تہٕ زونہِ دوگنأوی وَچھ تہٕ جگرِ دِژ کربکھ۔

"ہے کیٛاہ گوم، أڈی شرٕی تہٕ پوٕ پھ چھَم اپارِ......"!

یہٕ بوٗزِتھ کوٗ ڈنبرَن زنگن وارٕ واش تہٕ اُٹس تہٕ توٗ ملس لوٗگ پھیورِ دِنہِ تہٕ جگرِ ہنٛدِس وچھ ژٹنس پیٛٹھ لار یہٕ سأری مرٕ دلرِ ہنٛدِس شیرس کُن یتھ خام سیر یوٗشسترٕ بنومُت اوس تہٕ اپارِ أس زمہٕ تہٕ زیتوٗن کربکہٕ دِوان۔

ہیا سیرِ کڈی توکھ شُری تہٕ ماسہٕ لالہٕ چھَم اپارِ......"! یہٕ بوزِتھ لگی یپارِ اکھ أ کِس کُن عجیب نظر ووٗ چھنہِ زِ اپار ووتھ بیٛیہٕ کربکہٕ ناد۔

ہا خدایو یہٕ کُس تان ہتا یارٕ چائٹس کتھ چھُکھ تھوٚپ دِوان، أڈی ہے اپارِ گیہٕ بند، ہیے مسہٕ مار، پٔنن أستھ چھُکھ بے عار لاگان__"!

کینژٕ کالکہِ کربکہٕ نادٕ پتہٕ گیہٕ دُہی دوہَس تہٕ امہِ پتہٕ ژھوپہٕ تہٕ ستی وٗژھ گلنی کربکھ۔

ہیا نبرا بوزان چھُکھا، اُوری ہاترے، خوش آوٗے نامیوٗن ژےٚ کھیٛتھا کم کُٹھی بوزان چھُکھا پنچاٹ لاگہٕ ناوے أٹی أٹی ہا کڈٕ ناوتھ......"!

یورٕ دِژس نبرن بڈٕ ہٹہِ کربکھ:

"پھُر ہے خأتی، گلا بہا چھس بیٛتہِ ڈوکھ دِتھ ہتھ، زن چھُکھ پننہِ گرِ پیٛٹھ ژھنگان نیراتہِ، پننہِ گرِ پیٛٹھ ژھنگ، پنچاٹ ہالا گناوے تہٕ اتہِ کڈٕ ناوتھ"۔

أتھی منٛز لوگ دوشوٕے چنڈال پأتھر۔

''أتھی چھکھے ......''!

''پھٕر ہے پھأتی ......''

''سلام مُتِس اتھِ کرناوے لتہٕ موٗنڈ''۔

''أتھی چھکھے ،پنہٕ پانہٕ لتہٕ موٗنجہِ گرٕھکھ''

''موہ ہیواژے نستہِ ......!''

توہ پھوٗل

''أتھی چھکھے ......''!سلام

''پھٕر ہےَ پھأتی ......''!

یِم چنڈال پأٹھر بوزِتھ ژمیہِ اپارِ یپارِ سأرِے، اپارِ دِژ زیتونن تہٕ زمن گُلریزس تہٕ زمروٗدس تھِھ تہٕ ژجہِ شیرِ نشہِ ہنا دوٗر تہٕ یپارِ دِژ زوٗنہِ ئنس ٹھوبس کُنی تھِھ تہٕ ژٕج۔ سو کھیہِ وتہِ سرپھن مگر ٹھوبہٕ تہٕ ننہٕ بچے یہِ دژاگہٕ ماگہٕ تہٕ أتھی مُتی آبس منز پییہِ جگرِ قأدِس تہٕ جیٚلس تھِھ دِوان دِوان پوٗژتہِ مگر پوٗژِ ٹلنہٕ بدلہٕ کرِن ئمن زورٕ تھِھ تہٕ کربلاشرٕ وپرُن أچھن منز زِ قودتہٕ جوٗل ووٗتھس بُتھ پھرِتھ:

''موجی یَلہٕ ژٕ اوئِمن کُسے حق چھُ سانہِ لرِ بپٹھ پنچاٹھ لاگُنک ، پنچاٹھ ہےَ لاگناووکھ أسی یِمن دوشوٗنی ، أتھی منز آو قودنرِ پتھ کُن تھأوِتھ شیرس نکھٕ تہٕ دِژن بڈ کرٕ بکھ اپور کُن:

''ہیا گلریزا، زمرودا وٗتھی وٗ پنچاٹھ ہالاگہٕ ناووکھأسی ،یِم چھالرِ ہِنْدی

مام، ننہٕ تہٕ ٹھوبہٕ ہاکتہِ تام در بدر تہٕ اسلمہٕ یارِ گُلنن پٔتۍ کٔنۍ ژھیٚپان، گُلریزا، زمرود اوٚتھی وو "!

اما پوٚز اورِ آیہِ نہٕ کانٛہہ آواز، تِکیاز گُلن اُس مأنٛتھر دِژِمٕژ تہٕ پٔنُن اَلا گتھ أسن گُلریزس تہٕ زمرودس اَسس پننہ دِژِمٕژ۔ یپارِ تژ اوٚ جنٛلی نبرٕ کانٛسہ کُن تیز نظرا تہٕ جنٛلی ہندس اتھ رولیس پیٹھ تژ وونبرن۔ یپارِ تہٕ اپارِ گُلن قأدی ہندیس وطیرس پیٹھ اکھ سوٚنچہِ وٕنۍ نظرا۔

دوٚیمہِ دوٚہہ صبحس اُسی لرِ ہندس یپأری مس حسس منزٕ مردیٚبہِ ٹٔلی اکھ اَکِس ژوٚرِ نظرٕ وونان:

"نیرن پوو جوٗل تہٕ گُلن قوٗد"

دپان قأدی تہٕ جنٛلی دوچھ مُرتھ لرِ ہُند تژ ام بنیومُت شیرِ دُگاژو تہٕ دراتھوٕ ستۍ لُہراوُنک خاب تہٕ گُلریز تہٕ ٹھوبہٕ دوٚچھکھ گیوان۔

"ولو ہا وباغوانو نو بہارُک شان پیدا کر"

☆☆



شمس الدین شمیم (1949-2013)

شمس الدین شمیمنن افسانن منز چھ فردٕ سُند ذاتی کرب غالب آسنہٕ باوجوٗد عصری اجتماعی زِندگی ہُند عیاں حال تہٕ أمی سُند آزاد ذہن ظاہر نہایت سنجیدٕ تہٕ غار معموٗلی سماجی پزرن منز تہٕ اجتماعی کردارٕ کی کینژھہ مستقل اتھار بدِ کڈان تہٕ سماجس منز موجوٗد جبر تہٕ استحصالک دأیمی اصوٗل بڑ وٕنٹھ گن انان۔

(ڈاکٹر شفیع شوق)

شمس الدین شمیم چھُ وُہمہِ صدی ہندین تِمن نمایندٕ افسانہٕ نگارن منز شأمِل یِم جدید دورس منزٕ ے وُتلیہ تہٕ اندروٗنی خودکلأمی ہنز تکنیک ورتأوِتھ کوٗرُکھ نہٕ صرف کردارن ہندِس دأخلی دُنیاہس پپچہٕ پھیُر بلکہِ گُرکھ جدید موخصر نظمہِ تہٕ جدید افسانہٕ چھین ہیتی حدبنٔدِ ین تہِ مسمار کرنٕچ زبر کوشش۔

(ڈاکٹر رتن تلاشی)

# WACHAS TAL MAZAAR

Short Story Collection

By: Shamas ud Din Shamim

Publisher:
Daily " GADYAL" Dalgate Srinagar

Designed by:
Jameel Ansari
Arshid Rasool